# گیتانجلی

رابندرا ناتھ ٹیگور





ترجمہ کار :-

سروانند کول پریمی کاشمیری

# "GITANJALI"

By-"TAGORE".

(Prose, Kashmiri Translation.)




مُصنف :- سروانند کول پریمی کاشمیری

کاتب :- فاضل کاشمیری

موٗل :- دٕہہ روٗپیہ

تیداد :- ۵۰۰

چھاپ :- گوڈنیک بٹہ 1975ء ۷۵ء

پریس :- مرکنٹائیل پریس سرینگر۔

میلنگ پتہ :-

سروانند کول پریمی کاشمیری۔ ڈاکخانہ صوف اشت ناگ کشمیر

# بارٕ گیر

بہٕ چھُس تِمَن سارِنٕے دوستَن ہُنٛد بارٕ گیر

یِمَو مےٚ یِتھ کامہِ مَنٛز وِزِ وِزِ زٕنٛژ تہٕ پُزٕ داے دِژ۔

بہٕ چھُس فاضل کاشمیری صٲبَن تہٕ بارٕ گیر یِمَو

یِمہٕ کِتابہِ ہٕنٛز کِتابت کٔرِنٕی مٔنٛزٕ ہُشیر تہٕ کٲم اَنٛد واتہٕ ناد

پریمی کاشمیری

# نظر

پریمی جین چھ گیتانجلی ہندِ بین اکھ ہتھ تہٕ ترین باتن ہند کاشُر زبٲنی منز سیٹھاہ محنتہٕ سان ترجمہ کوٚرمُت۔ اَمی سُند یہ کوشش چھے پرٚتھ رنگہٕ کامیاب تہٕ تھٲکنی لایق۔ پریمی جین چھ ٹیگورٕ سُند فلسفہ سیٹھاہ سہل تہٕ ساد پٲٹھۍ کاشرِس منز پیش کوٚرمُت۔

میانہِ رایہِ منز چھ اَمی ٹیگورٕ سُندین اندرمین جذباتن ہنز ژٕر تہٕ پٕزٕ وٕژھنے کٔرمژ۔ کاشرِ زبٲنی ہند لفظن ہند وٕژ یوٗد وٕے تیوٗت وسیع چھُ نہٕ یتھ زن ٹیگورٕ سُندس فنکارانہ ادبی رنگس ہیٚکہ ہا پننس لوکٹس شیشس منز برِتھ۔ مگر تو نہٕ ہیٚکہ نہٕ کانٛہہ کاشُر زبان زانَن وول اَمہ کتھہِ نکار کٔرتھ زِ پریمی جین چھُ ٹیگورٕ سُندین گیتن ہند آتما پرزنوومُت تہٕ وٕژھ والنجہ ہوٚدر تہٕ رسہ زبٲنی منز ٹیگورٕ سُند دوٚند کس سنرس منز ڈانگ دِنچ ہمت کٔرمژ۔ لیہ سہ پٕزی پٲٹھۍ نیشہ نادِنس لایق چھے۔ یہیمہ ادبی کامہ خاطرٕ چھس بہٕ پریمی جیس مبارک کران۔

جیالال کول **ناظر**

عالیکدل۔ سرنگر۲

۷ر ستمبر ۱۹۶۴ء۔

# زٕ کتھ

اَز ترٕوُہن ؤُہرؠ واد وُری سَنہٕ ۱۹۵۹ ہس منز یٚلہ مےٚ شری مد
بھگوت گیتایہٕ کاشرِ پٲٹھۍ ہٲتَن منز شلوک وار ترجمہٕ کٔرِتھ گوڑنیک
حِصہٕ چھپاوتھ نیبر کوڈ تہٕ پرَن والیو کر مےٚ سٕتھاہ حوصلہٕ افزٲئی
یمہٕ کِنۍ مےٚ ہمتھ ییہٕ بڈلوٚ مےٚ دِل تہٕ بہ رُودُس اتھ وتہٕ ترٕوُہن کُن
پکان۔

اَمی ؤری یہٕ ٹیگورٕ سُند زاد دوہ ترٕوُہن کیٛنہہ ہفتہٕ گوٚمےٚ
ہٕنگہٕ تہٕ مٕنگہٕ زوٗن تہٕ بہٕ کرٕہا گیتانجلی تہٕ کاشرِ پٲٹھۍ ترجمہٕ۔ تہٕ
مےٚ تُل یہٕ سوال تاوا ہیتھ اتھ کامہٕ دس

گیتانجلی اوس وُنیک تامتھ زٕ گِتہٕ چین سارِنٕے بجن بجن
زبانن منز آمُت ترجمہٕ کرنہٕ۔ کاشرِ زبٲنۍ منزٕ ے اوت تہٕ نکیارٕ یہ
سٲنۍ کاشر زبان ٲس تہٕ کُنہٕ شمارٕ سے۔

ہندوستان آزاد سپدنہٕ پتہٕ تہٕ کشیرِ منز عوٲمی راج پیٚتھ
ہیوتُن سانہٕ کاشرِ زبٲنۍ تہٕ قدرٕ ہٕرٕنۍ تہٕ ہیوتن پراوُن تھزر۔ نادر سَن

منز آو کٲشُر گوڈنچین پانژن ؤرین ہُنز جماژن الکھ ضۄرۄری مضمون تھاونہٕ۔ ملکہٕ کین ادبن ہندی پاٹھۍ آو کٲشُر ادب تہٕ نوٚن کڈنہٕ تہٕ امہ پتیٚن تھووتہٕ پایہ بوڈ مقام دینہٕ تہٕ امہ چھ پاپرجائی ہند خاطرہ پژسۍ کانہہ مناسب تہٕ ممکن قدم تلنہٕ۔ تہٕ وُنی کین چھ یہ سبٹھاہ خشی ہنز کتھ زِ ملکہٕ کین بجین بجین شرہن علاقائی زبانن اندر چھ ساٖنی کٲشر زبان تہٕ ماننہٕ آمژ تہٕ بیتھ پاٹھۍ چھ امہ ملکس اندر ہول تہٕ قدر ہرمژ ادیبن تہٕ شاعرن تہٕ ہیوٚتن حوصلہ بڈن۔ ادب ترقی دنہٕ پکناونہٕ خاطرٕ ذریعہ واریاہ وتہٕ ننہٕ تہٕ لوٚزوٚ سون کٲشر ادب چھ ونہٕ منزلہٕ سے تمژ۔ مگر منزلیک چھنہ منزلہ سے دوران۔ آش چھ زسون کوشر ادب تہٕ پژ زلہ پور پاٹھۍ تہٕ ملکہ کین تیتھین ادبن سیتی رتہ سمیس بیٹھ پنیٚن شوبہ ؤنی تہٕ تھر جایے۔

یہے آش تھوتھ سنیوو میٚ گیتانجلی ترجمہ کرنک خیال تہٕ میٚ ہیٚتر یہ سبٹھاہ کریٹھ کام اتھس منز تہٕ وٲتہ ناوم اتھس میٚ اوس اوۓ خیال زِ یہ کر اتھ بأتن منز ترجمہ امہ پوز....

بیٚلہ اکہ ہأتھس منز ٹیگور ننہ نیم وہرودد ساری سے ملکس اندر مناونہٕ خاطر اکہ ورییک پروگرام بناونہٕ آو تہٕ ساینہٕ ریاستہ منز تہٕ بنیہ ٹیگور سینٹنری سیلیبریشن کمیٹی
(Tagore Centenary Celebration Committee)
یمیک چیرمین تمہ وقتکی گورنر ڈاکٹر کرن سنگھ آسی تہٕ سیکریٹری آسی

مِنٛز، دوٚیِمہِ لٹہِ ۔ داریاہ اَتھ پٮ۪ٹھ تہٕ سَنٛزٕس گُزٕرتھ چھُ امیُک ووٚنت پوان لبنہٕ۔ یِہاے گیتانجلی لیکھتھ وَرٛاو ٹیگور رَگتس اَنٛدر نٲو تہٕ پننہٕ مُلکُک ہِندوستانُک ناو گَوٚو رَن اَرشس۔ سنہٕ ۱۹۱۳ عس منٛز میوٚل اَتھ گیتانجلی اَتھ لچھہِ زٕ لوٚوہ ساس روپیہِ نقد یِنام۔ عٔتھی لَجہ ژوٚ پارِ امہٕ کتابہِ ہٕنٛز منگ تہٕ آیہ پٮ۪ٹھ زبٲنۍ منٛز ترجمہٕ کٔرِتھ چھاپنہٕ۔ کٲشُر زبٲنۍ وَرٲے۔

ٹیگورٕ چھُ اکتوبر ۱۹۱۵ عس منٛز پَنٕن پُنٛجو تہٕ نوٚش ہیتھ یتھ سانہٕ پوشہِ وارِ دِلپور تُلان پھیوٚرمُت۔ یہٕ چھ سبٹھاہ خوٚشی ہٕنٛز کتھ زِ سانہٕ یتھ رَیشِ وارِ تہٕ چھ امس ہتھرس گوٚنہ ماتہٕ سٕنٛدی پاٹھۍ لگیومُت، تہٕ اَمی تھدٕ گوٚنہ ماتَن چھِ سانٮ۪ن نہجور صاحبن دیس ہنٛزِ ووٚستادَ چھُ رُودمُت ) کٔشیرِ ہُنٛد ورڈزورتھ Wordsworth of Kashmir، ناو کٔرِتھ سانٮ۪ قدر ہُرراوِمُت۔

ہیٚ چھِ پَنٕنہِ پارٕ سبٹھاہ اَرزتھ کرٕمٕژ ٹیگورٕ سٕنٛد یہِ تھوٚد فلسفہٕ گوٚرِتھ ہوٚدر تہٕ سینہٕ تہٕ ساد زبٲنۍ منٛز پھِرتھ ین۔ سلیٹھاہ معٲنی تہٕ پرمارتھکی گنڈ چھِ اتھ گیتانجلی منٛز ژھلنہٕ آمتی، ہم ہیٚ دار وار فکر ترٕونی، منٛز راوِتھ کوشش کر۔ خیالن تہٕ بیٚن چھنہٕ یِنۍ کنٛز کاہِ پھیرتھر کرنہٕ آمُت۔ زبان ہوٚدر بناونہٕ خاطرٕ چھُ کُنہِ کُنہِ جایہِ اَچھرن رژھاہ ہیر پھیر کرنہٕ آمُت۔

ٹیگورٕ سٕنٛز زبٲنۍ منٛز

"ییتھ دِوِ یہ مَنزٕ اوس مےٚ رباب وائنگ کارمٹہٕ کھوٚتمُت ۔
مےٚ دول یہ کار نٕکھ ، ییتھ ہیوٚ کُم تہٕ توٚگُم ۔"

ییوٚن جاکھ چھاہ بجٕھس کھوٚتمُت ، یہ ہیکن پٔرن وآلی وَنِتھ لوٚوُ زِ دِ کُنہٕ قسیمچ خٲمی آسِہس رُوزمٕژ ۔ مےٚ چھِ آش زِ تِم دِن مےٚ تِمہ وِزِ پننِہ رٕژ تہٕ پُزٕ دٲے ۔

صوٚن کوٚکانگ ، سَروانند کول پریمی کاشمیری

سرِد بہ روٗنہ چھُ پانژٕرم

۳ر اگست سنہ ۱۹۷۳ء

# پارٕزان

ٹیگورٕ سُنٛد لُوٚکٕ نادٕ چھُ ۔ رابندرناتھ ٹیگور۔ ہِندوستانٕکِس بٔڈِس شہرَس، کلکتہٕس مَنٛز چھ ۸ مئی ۱۸۶۱ء عَس مَنٛز زامُت۔ لوٚکچار چھُن اَتھۍ بٔڈِس شہرَس مَنٛز گُذورمُت۔ اَمی سٕندِس ہاٚلِس اوس ناو مہرشی دیوِندر ناتھ ٹیگور۔ ٹیگور خاندان چھُ اَکھ بوٚڈ زٕلۍ جھلی خاندان اوسمُت۔ ٹیگورٕ سُنٛد اَکھ بوے اوس گوڈنیُک ہِندوستٲنۍ یُس تمہِ سمیہِ ای۔ سی۔ ایس (I.C.S.) کٕرتھ اوس آمُت۔ بیاکھ بوے اوسُس تھدِ پایک آرٹِسٹ (فنکار)۔ اَمی سٕنٛد مول مہرشی جی اوس بارٕ جاگیردار اَکھ تہٕ سیٹھا بوٚڈ گرٕ اَستھ تہٕ بہلہٕ پایہٕ تہٕ آسن والی آسنہٕ کِنۍ آسہٕ یِہنٛدِس گرَس مَنٛز دوہٕ کولہٕ پکان۔ ٹیگور صاب اوس سیٹھا مازَن تہٕ نَخرَن اَنٛدرٕ رچھنہٕ آمُت۔

ژوٚدہٕ وٕہرِس ٹیگورَس بیوٚہ زرٕنگ تہٕ ذہینک لوٚر وٕترٕ اُن ٹیگو اوس لوٚکچارٕ پیٹھے پرمارتھس کُن لمان۔ تہٕ دارٕ دارٕ بنیوو سُہ اَکھ تھدِ پایک رُوحٲنۍ اِنسان، تہٕ کوٚرُن کمال حاصِل۔ اَمِس روٗد لوٚکچارٕ پیٹھے ہِندوستانٕکِن رُوحٲنۍ تہٕ سائنٕسی تعلیم ہُنٛد خیال۔

یہِ خیال گو اُمِس ہنہ ہنہ بڑان تہٕ ۱۹۰۰ عس منز کلکتہ نبر کھول اُمی اکھ لوکٹ مدرسہ اکھ ۔ یتھ ناو تھوٗن شانتی نکیتن ۔ اتہٕ بنے یہِ واریہِ واریہِ اکھ یونیورسٹی ۔ یتھ از وشوابھارتی ناو چھُہ ۔ یہِ یونیورسٹی چھ ژگتہٕ چین بجبن بجبن یونیورسٹین منز گنزراونہ یوان تہٕ اتہٕ چھ پننہِ مُلکُک تہٕ بیٚین مُلکن ہندی ساسہ بدی بچہ تعلیم حاصل کرتھ پرتھ وری یہ نیران ۔

ٹیگور ڈراو گیتانجلی لیکھت زگتس اندر نون ۔ اتھ گیتانجلی اندر چھ ٹیگور سندی بنگالی زبانی منز اکھ ہتھ تہٕ ترٚے نظمہ ۔ ۱۹۱۳ عس منز میوٗل اتھی گیتانجلی پیٹھ ٹیگورس نوبیل پرائز ۔ یانے اکھ لچھ تہٕ ژتووہ ساس روپین ہند نقد ینامہٕ تہٕ امہٕ سیتی ہیو سائنس ہند و ستانس مرتبہ ۔ ٹیگور ڈراو دنیہس منز نون ۔ امہٕ پتہ پھیور ٹیگور کُل دنیہس ۔ روس ، امریکہ ، یورپ ، جاپان ، ایران بیتر بڈین بڈین مُلکن منز واتنس سیتی سیتی آو اُمس پننس مُلکس اندر تہٕ بڈین بڈین شہرن منز سال کرنہٕ تہٕ ۱۹۱۵ عس منز ووت کشیر ۔

ٹیگور اوس نہٕ اکھ تہوٗ گوہ ماتی یوت ۔ سُہ اوس تہند پایک آرٹسٹ ، تہند پایک ڈراما لیکھن وول ، تہند پایک افسانہ تہٕ ناول نویس تہٕ تہند پایک ادبی تہٕ روحانی انسان ۔

ٹیگور اوس یمو ساریو سے کنھو علاوہ اکھ پوز دیش بھگت تہٕ ۔

ہندوستان چہ جنگِ آزادی منز چھ ٹیگورن زنگہ رنگہ حصہ نیومت۔ تہ ییلہ 1919 عس منز جلیانوالہ باغ امرتسرس منز انگریزو قتلِ عام کور تہ ٹیگورن گژی تم خطاب انگریزی حکومتس واپس ییم تس دِنہٕ آسہ آمتی۔

سانہٕ ملکک راشٹری گیت (قومی ترانہ) "جن گن من" چھ ٹیگور سندی وِلہ (غوٗلامی ہندین دوہن منزے) وُزیومت۔ یہ چھ ٹیگور سندے بجر۔

آخرس عمرِ ہندی شیٹ وری تہ کینہہ دوہ پتہ گو تو ہوند آتما بڈس آتماہس سیتی لیہ تہ امی سند منزِ مور میول منز سنجہ یہ اوس ستیم اگست کنوہ شتھ اکتاہ۔

ٹیگور چھ امر۔ تمی سند ناو چھ زندہ تہ روزِ تو تام زندہ یو تام دنیا چھ۔

# اَکھ

ژٕ چھُکھ ہُ اَکھ تیٚتھ وٕتہٕ گٔنڈتھ اَکھ بوزٕمت ییٚس نہٕ یگیٚس زانہٕ تھکھ چھُ ۔ یہٕ چھ چانی لیلا ۔

ژٕ چھُکھ یہٕ بیٚگہٕ یاتہٕ ورٕ ورٕ ژھور کران تہٕ پتہٕ لٔٹہٕ چھُکھ بیٚیہ نوٕ زِندگی ہِشہٕ رسہٕ ستی لوٗرِت کران ۔

ژٕ چھکھ یہٕ نرکانو سوٕرنے دوٚہے بالَن تہٕ نٔیَن منٛز نیٚمٕرتہٕ امہٕ منٛز چھِتھ پوشوٗنی نوٕی سورٕ گٔڈمتی ۔

چانہِ پوشوٗنہٕ اَتھہٕ لاگنہٕ ستی چھُ یہٕ میون لوکُٹ دوٚنٛد ژھوٕہ مارِان تہٕ بہٕ چھُس حُبابَن منٛز سُنٛتھ گژھان ۔

ہیانہٕ یتھ لوکچہٕ جولہِ منٛز چھُکھ ژٕ پنٛنہٕ ڈالہٕ تراوان روزان ۔ یوگ چھ گژھان مگر چانی یہٕ گٔتہٕ چھُنہٕ ژھیٚنان ۔ جولی چھ وُنہٕ تہٕ ژھٔرِ ے ۔

---

## زٕ

گیوٗنہٕ یاپھِتھٕ چوٗن دوٗپ ژٹہٕ سٕتی چھُ ہیٚانِن وٕندٕچن
تارَن بوش کھٔسِتھ ژھوٗپہٕ گژھان ۔ بٔہ چھُس ژٕرےٚ کُن وُچھان تہٕ مے
چھِ اشہِ ٹارٕ بٔرِتھ یوان ۔

ہیٚانہٕ زِندٕگی ہُنٛد سوٗرُے آنٛشہ رٕوٗس تہٕ لیہ روٗس حُباب چھُ
اکھ ہوٗدٕر راگ بٔنِتھ نٔبرٕ نیران ۔ تہٕ تَمہٕ وِزِ چھِ ہیٚاَتی لوٗزٕ نِتھٕ پٲٹھی
بٕکھہٕ مژران ، ہیٚتہٕ پٲٹھی اکھ جانوٗر اکھ چھُ اَکِس سُدَرس اَپور تہٕ وَزِ شِنز کران ۔

بٔ چھُس ژانان زِ ژِ چھکھ ہیٚاَنِس گیوٗنَس منز سوکھ لَبان ۔
تَمہٕ وِزِ چھُس بٔ اکھ گیوَن ودلا اکھ بُنِتھ ژٕرےٚ بٕرٕوشہ کیٚہ آسان ۔

یِنٛہٕ نوٕ پاَتو سٕتی چھُس بٔ چانِن تَمَن پادَن ہٕنز ژھاے
ہٕش لَبان ۔ یِم پاد چانی چھِنہٕ اَتھی یِوان ۔

بٔ چھُس گیوٗنَس مَنز مَس گژھِتھ پَنُن پان مُشراوان تہٕ
ژِ ہیوٗن دَے آسِتھ تہٕ چھُسَے ژٕرےٚ بالہٕ یار ژٲنِتھ آلَو دِوان ۔

# ثرٛے

مِیانہٕ دَیہ ! چوٗن گبوٗن تہٕ چھُہ سٮ۪ٹھا دلوکھُٹ۔ یہٕ چھُس زِھوٚ یہٕ دَم کرِتھ دوٚہے عاَرتن گژھتھ لوٚزان۔

چانہٕ نغمہٕ سٟتی چھِہ سوٗرٕے زَگتُ پٕرزلان۔ چانہٕ گیوٗنچہٕ ژٕندگ ہٕنٛز لٔہر چھِہ سارِوٕے زٕگتَس مَنٛز یکہٕ وِژٕ۔ یہٕ لٔہر چھِہ کھُٹرِ ژٕٹتھ تیٛزی سان ژھٹہٕ مارٕان۔

مِیاَنِس وٕوٕنٛدس چھُہ اَتھ چاَنِس نَغمَس سٟتی میلِتھ گژھنُک اَرمان۔ مگر وُنِتھ چھُسنہٕ ہٕکان۔ وَنہٕ کٕنِتھ پاٚٹھٕ۔ مٮ۪اٚنی بوٗلہٕ چھِہ بے سور تہٕ لَیہ رُس، تہٕ اَمہٕ کِنہٕ اوٗزٕتھ گژھاں۔

مِیانہٕ دَیہ ! ثرٛےٚ چھُتھَن یہٕ مِیون وٕوٕنٛدٕ پٕنٛنہٕ نِس نغمہٕ کِس زالَس مَنٛز گنٛڈِتھ تھوٚومُت۔

# ژور

ہیانہٕ پرانہٕ! ہیانس اَنگس اَنگس چھہ چاٲنی زٕتنز۔ بہٕ کرٕ پنُن پان دٕہ ہے شروٗژ تھوٚنچ کوٗشش۔

ژٕ چھکھ سُہ گاش ییمی منز بدھی ہٕنشد ژونگ زول۔ بہٕ کرٕ دوہے پننہٕ ہو خیالو نشہٕ اپز دٕور تھوٚنچ کوٗشش۔

ژٕ چھکھ میٚہ اندر ہیانس وو ندکس پیٹھس پلیٹھ بیٹھ۔ بہٕ کرٕ دوہے پنن دوو ندٕ ساری ناکار خیالو روٗس تہٕ پزٕ شروٗژٕر تہٕ جانبر سیتی برتھ تھوٚنچ کوٗشش

چاٲنی زٕتنز چھہ میٚہ کام کرنک بل دِوان۔ بہٕ کرٕ کوٗشش پننہٕ ہین ییمن کامن منز ژٕ دوہے نوٚن کڈنچ۔

—.—

# پانٛژ

ژٕ ژٕتہٕ مےٚ اَکِس لُہرِس پانٛس نِشہٕ بیٚہنہٕ ، یٔہ والِہ پتہٕ
پٔتنہٕ کانٛہہ نکھہٕ ۔

ژےٚ ترٛوٗنْہہ کَنہٕ ڈٔلتھ چھُہ میون وونہٕ پھٔٹرنس لِوان ،
تہٕ میانٛی سارِے کامہ چھُہ کٔرِتھ تہٕ گُڈٕ رسپدان ۔

اَز چھُہ سوٗنتہٕ کال سیانہٕ دارِ کنِی گنٛگرِے کَران آمُت تہٕ
پھُلیٚمتین پوشہٕ باغن مَنز چھُہ تُلرِ ہوٗدرِ ہَٹہٕ گیوان ۔

وونی چھُہ ژےٚ ترٛوٗنْہہ کَنہٕ بِہِتھ پٔتُن پان ژیتی آلونکی
بٲتھ گیوان گُہ سنہٕٹھا رُت تہٕ شُہُل دیلہٕ ۔

―― • ――

# ژٹے

یہ لوکٹ پوش ژٹن تہ پانس نش نتن ۔ ژیر ہتہ
کرتہ ۔ کھوژان چھس زِ یتھنہ یہ ہوکھتھ پتھر پیہ تہ لٔژھ گژھ ۔

یہ ہتہ ییٚتن چانہ پوشہ مالہ منز تارنہ ، مگر ینن اتھ
لاگتھ دتہ یتھ مان تہ قدر ۔ امی ژٹن ییہ ۔

کھوژان چھس زِ بٔ پانس پننہ ۂو نیٚتھے گوژھنہ زوہ
لوسن تہ پوژاپہ ہشد ویلہ تہ گوژھنہ نیرتھ گژھن ۔

یوٚوے یتھ پوشس آسہ رنگ تہ مشک وسی تھے ، تو تہ
نتن یہ پوش پانس نش تہ ویلہ وچھی تھے ژٹن ۔

# سَتھ

میانۍ باتَن چھ گُگہنہٕ تہٕ زٮ۪بوٗر ژرآوِتھ ژھنِمژٕ ۔ تِمَس چُھنہٕ سوٚنٛدَر تہٕ پارآوِتھ آسنہٕ نَک بوٗش ۔ یِم گُگہنہٕ تہٕ زیوٗر چھنہٕ اَسہٕ سَمکھنہٕ زِوان ۔ یِم چھ ژرے تہٕ مےٚ منٛز باگ کھوٗر کران ۔

تُہنٛدِ شُروہٕ شُروہٕ سٟتؠ چَھنہٕ چانۍ زآوِج کَتھ بوزان ۔

ژےٚ ہیوٚتہٕ کَنہٕ چُھ مشانہٕ گوٚنہٕ سات آہنٛگ بوش
شرمہٕ داوٕ سٟتؠ لَژِھ گژھان ۔

ہاتھَدِ گوٚنہٕ ہاتہٕ ! ہےٚ چھ چانۍ یاد رُٹِمٕژ ۔ ووٚنۍ دِ
ہےٚ پننِۍ زِندگی سیوٚد تہٕ سادٕ بنادِنہٕ ، یُتھ چانۍ سوٗرنے ٹُلنٕچ چانۍ
گیت گیوٚہ ۔

—•—

# آٹھ

ییمی شُرٕ راز کۄٹ ۂنڈی پلَو ژٕھنتھ پھُن پان پآرود۔
تہٕ تآلۍ ژٕھنٹو موٗختہٕ مال۔ سُہ چھُنہٕ پٔنٕنہٕ گۄنٛدنگ ہیکان ہٕرے
تُلِتھ۔ تٔمِس چھہ یِم پلَو پَدٕ پیٚتھ پَدٕ ٹھوٗر کران۔

سُہ چھُ پلَو ژٕعینہٕ نٕکہٕ تہٕ لَژھٕ سیٚتۍ مُلِت گرٛژھنکہٕ ییمہٕ سیٚتۍ
سارٕنۍ نِشہٕ دٔر روزان تہٕ پھیرٕنَس تہٕ ٹھورٕنَس تہٕ چھُس لوٗیہِ
ٹھوٗر۔

ہآج! یِم اَیزٕ ٹھُرۍ چھہ چانہٕ رٕژٕ ہیٚژ نِشہٕ دٔر تھوان
لوٗ یِم چھہ انسانہٕ سٕنٛدِس پیٚتھ کھیلہٕ ماآدانَس اَژٕنہٕ نِشہٕ وآژان
تیٚلہٕ کِتھہ۔ یِم بکار۔

—

# نو

ہیوٚ بیقلہٕ ! اَپٔنۍ نیٚنۍ پھیوٚکِن ہیٚتھ لوٚر تُلِتھ چاو
ہیوٚ بیچھوٚ بِہٕ ! اَپٔنۍ نِسۍ یرٚس تَل چھکھ بیچھِن بانہٕ ہیتھ۔

پَنٕنۍ ساری بارٕ تراو تَمِس پیٹھ یُس سوٗرے بوٗر چھُ
ہیکان وہرٲوِتھ۔ یُس کرٕ پیچھ تُلتھ تہٕ پوٚت چھنٕہٕ ہولن

چانہٕ ترِیشہٕ ہُند شاہ چھُ ژوٚنگ ژھنان تِیتھے ژھیتہٕ
گرِتھ۔
سہٕ چھُ ژھیوٚٹ پنٕنۍ نِس ہَل برتِس ہٲمِس منٛز۔ مہٕ رٹھ
تمی سِفٲر ڈالِ۔۔۔ پَزٕ لولہٕ کِس ہلمہِ منٛز مہٕ مٹھ۔

———•———

# دُہ

چاٲنۍ پادچھ تَتہٕ نَس، ہیٚتہٕ نَس سۭتھاہ نیٚژر، وَتہٕ ڈُلہِتھ، نٕنۍ چھنۍ تہٕ نبرٕ وَھن چھہٕ روزان۔

ییٚلہٕ بہٕ ہوان چھس ژرٕ کُن شُمن، بہٕ چھس نہٕ تیوٗت لوٗبن نمان، ہیٚتہٕ سۭتھا نیٚژرٕن، نبرٕ وَھنَن تہٕ پیٚتھرٕ ہیمتیٚن منٛز چاٲنۍ پادچھ آسان لگتھ۔

ہیوٗن بوش چھُنہٕ توٚتنَس واتان ہیٚتہٕ ژٕ نیٚژرَن، نبرٕ وَھنَن تہٕ پیٚتھرٕ ہیمتیٚن منٛز ہَرٕ لَدٕ سُنٛد رخت لاگتھ چھُکھ پھیران۔

ییوٗن دوٕ نٕدٕ چھُنہٕ تَتھ وَتہٕ کُن لگان، ییتھ وَتہٕ ژٕ نیٚژرَن نبرٕ وَھنَن، پیٚتھرٕ ہیمتیٚن تہٕ وَتہٕ ڈُلہِتھ سیتی سیتی روزان چھُکھ

---

# کاہ

پہ پوٗزا ، زچھ تہٕ پاٹھ کرُن ترٲو ۔ ساریٖ دارِ بہ ترٛوپرتھ منٛدریچہ یتھ اَنہٕ گٹہٕ کوٗٹھرِ منٛز کُس چھکھ ژٕ پوٗز کران ۔ اَچھ منٛزرتھ وُچھ ۔ چوٗن دٕے چھےٚ نہٕ ژٕرے ٹرٛوٗنہٕ کنہٕ ۔

سُہ چھُ تَس گرٕسی تس سیتی ۔ یُس پیٛنٛنِس ژٕرکس کھَہس منٛز چھُ داند وایان ۔ تہٕ تَمِس موٗنزٕ ورِس سیتی یُس سٕرکہٕ پیٚٹھ چھُ روٗڈی پھُٹران آسان ۔ تَسٕندی پلوٗ چھِ لرٕتھ کھیمتی ۔ تاپہٕ کرٲیَن تہٕ روٗدٕ ترٛٹِن ہُنٛد چھینہٕ تَس کانٛہہ زوٗن ۔ ژٕ ژھِن یٚنٛہ رِتی پلوٗ نبرِ گٕڈِتھ تہٕ تَسٕندی پاٹھی وس گردِ منٛز ۔

ہو کھتی ! اکثِر ہو کھتی دزنہٕ مرنہٕ نِش ہو کلن پایے

ساغی دین : تہٕ چھُ یہ زگت بناوِنک زولانہٕ ناگی ژٕہمُت

شُہ چھُ اَسہٕ سارِنی سیتی پٕرتھ ساتہٕ گنٛڈِتھ ۔

پاٹھ تہٕ تَس رَٹنہٕ ترٲو ۔ نیبر نیبر ۔ پوشِ تہٕ ونید ترٲو اَتی ۔ ژھیٛنہٕ دِمِن پلوَن تہٕ گرزٕ ژھن ملیتی ۔ تَس سیتی روزنہٕ تہٕ تمی سیتی ، ہیہ حکھن ہیتھ لمہٕ پھٹنے

# بَہہ

میون سَفَر چھُ ژلیوٚٹھ تہٕ دٔریاہ کالُک ۔

بہٕ کھوٚتُس گاشہٕ چہ گوڑنچہ ژٔژرٕ ہندِس رَتھَس پیٹھ تہٕ وارِہَن ولِشَن تہٕ ولیشاین پھیرتھ چھُس وارِہَن تارکَن تہٕ گرٛہن منز پیٚشہٕ ہِن پاوَن ہندی آگھ ترٛاوتھ آمُت ۔

ژٕ نِش وانتہٕ نادنچ وتھ چھےٚ سیٹھاہ زیٖٹھ تہٕ امیک پَے کڈُن تہٕ چھُ سیٹھاہ گُروٚٹھ ۔

پیٚشہٕ نِس برستل وانتہٕ خاطرٕ چھُ اَکِس وتہٕ گژھَس وارِہَن وِوہ بَرَن ٹھسرِ ائے کرٛنی پیوان تہٕ ییٚتہٕ تہٕ چھُ پیتولاکَن مٔندرس اَندرٕ وانتہٕ موکلہٕ نیبرٕ بسوٗ ئے زگٔت ژھنڈُن پیوان

مےٚ یٔنہٕ اَچھ وانتہٕ سیٹھاہ ڈورٕ ڈون ۔ ییٚتہٕ وُچھ اَچھ تہٕ وِرِہم کٔرِکھ ـــ "ہیوا! تہٕ چھا کھ بیٚہتی" "ہیوٚگتہٕ؟" اتھ کرٕ یکہٕ سلنچ لُج ہےٚ اَشِس ڈدرٕ ائے ، تہٕ زگٔت گو اَتھ مالائس سٔلنیٔ ایرٕ تہٕ "بُہ چھُس" ۔ یہے پٔتھ گیہ ہران ۔

# شُروٚہ

یُس بأتھ بہٕ گیوٚنہٕ آمُت اوٚسُس، سُہ ہیوٚکہٕ مےٚ وٕنِتھ تام گیوٚوِتھے۔

مےٚ راوٕری پنٕنۍ دوٚہ پٕنٕنۍ رَبابس تارٕ چارٕنس سٕتۍ۔ اما بہٕ
گیوٚہٕ تالے سیوٚد تہٕ نہٕ رلیوو سوٚ یُسے تہٕ دوٚہ نٕدُس اَنٛدر رُدُد مےٚ اَرانۍ
ہُشُد دود للہٕ دُن۔

لوٚرٕ ہَن پھیچ بہٕ وُنہٕ تہٕ۔ واوُے لوت چھُ اَتھر نِش ووٚش ترٲوان

نہ وُچھ مےٚ تَس ہُنٛد دُنہٕ۔ نہ بوٗزم تمۍ سٕنٛز کانٛہہ کتھاہ۔ مےٚ
بوٗز پٕنٕنہٕ گرِہ نبر سڑکہِ پیٹھ تمۍ سٕنٛدِ پادن ہٕنٛز تلہٕ تراوے آز۔

سوٗرُے دوٚہ گوم تَس کیُت وَتھرُن شیرٕنس منٛتِھ۔ وٕنہٕ چھیمہٕ
زوٗنگ تہٕ زولمُت۔ دوٚہ نٕ کمہِ ہُنٛد اَنَن گرٕہ۔

بہٕ چھُس تَسنٕدِ درشنٕچ آش ہیتھٕ زُوان۔ مگر وٕنہٕ تہٕ پید
نہٕ تَسُنٛد درشُن۔

---

# ژوٗدہ

مےٚ چھہٕ وارِیاہ اَرمان تہٕ مشٲنی کرِتھ چھہٕ عادٕ کٔرٕژ ۔ مگر ژےٚ روٚدچھتھس بہٕ ووٚہے ۔ سنگدِلی سان نکار کٔرِتھ ۔ اَمہٕ چانہٕ نظرِ ہُنٛد تھزر چھُہ مشاہِن رُمن رُمن پھیوٚر مُت ۔

ہَمو ارمانوٕ ہنٛدلو وادلو نشہٕ بُچر آوتھ چھاکھ ژٕ مےٚ پٕرتھ دوہ ییتھ پاٹھٕن اَناسِرن ہنٛدِس زِگتس لایق بناوان ۔

کُنہٕ چھُس بہٕ تھٔکِتھ تہٕ پھُٹِتھ پتھ روزان ۔ کُنہٕ چھُم ظٔلون گژھان تہٕ چھُس ہیٚپہٕ ہیوان دورُن ۔ مگر ژٕ چھُکھ سبٹھاہ سنگدِل اٲنتھ ژھبیپ دِوان ۔

ژُ چھکھ مےٚ یمو نیشر تہٕ ژٕنژل ارمانو ہنٛدِ بارِ نشہٕ ووٚہے رچھان تہٕ چھکھ تیتھ بناوان ییتھ ژٕ مےٚ ہیتو لاکن وار پاٹھی پانہٕ نادکھ

# پَنٛدٕہ

بہٕ چھُس ہیُتھ سَمَندَرس اَنٛدَر ژٕنے پوٚز کرنہٕ آمُت
تہٕ چھُس اَکِس کوٚنٛجَس مَنٛز بِہِتھ ۔

چانٛس ہیُتھ سَمسارَس اَنٛدَر چھیٖنہٕ مےٚ کانٛہہ
کام ہیشانہٕ ہیٚمہ لایہٕ رَسی تہٕ زِندگی مَنٛز چھَ ہیٚپہ
روٗستے لَے نیران ۔

نِہسِب رٕژ ہیٚلہٕ سَمَندَرس اَنٛدَر پوٚزاہہٕ ہُنٛد ٹھُن
گَرِتھ ہیشانہٕ دِیہٕ ! مےٚ دِژ تَمہٕ وِز پانَس تَرٕدٕنہہ کَنہٕ
بَنٛنے گیٚپت گیوٚنہٕ ۔

ہیٚلہٕ صُحٕبک واو چھُ ناد لایان تَمہٕ وِز گُرِدوٚز مےٚ
پیٚٹھٕ سیٚنٛز نظر تہٕ مےٚ دِژ توٗتنَس ہیٚنہٕ ۔

—•—

# شُراہ

یَتھ زٕلتچہ دِوِیہٕ مَنٛز سالہٕ یِتھ چھُ ہیٛانہٕ
زِنٛدگی پھوٚچِنۍ ۔

ہیٛانہٕ کُنُو لوٗز تہٕ ہیٛانہٕ اُچھو وُچھہ ۔

یَتھ دِوِیہٕ مَنٛز اوس مےٚ ربابہٕ وایُنک کارِ مَٹہٕ
کھوٚشمُت ۔ مےٚ وول یہٕ کار نکھہٕ یُتھ ہیوٚ گُم تہٕ
توٚ گُم ۔

وۄنۍ چھُسےٚ بہٕ پٔرزِھان زِ مےٚ وَنتہٕ یُس
ویلہٕ دوتا ہیتٕلہٕ بہٕ اَندٕر اَزٕمتھہ چون دَرشُن
کَرہا تہٕ ژےٚ بٔروشہ کَنہٕ نمہہا !

— · —

## سَدَرٕ

وۄنۍ چھُس بہٕ پَنُن پان ژےٚ آلوٚنہٕ خاطرٕ یُنٛرِس لوٚسن پٔراران۔ اَمِ گوم یوٚت ژیر تہٕ امی چھُم کھوٚچرٕ تہٕ چھوٚ نبر۔

ژٕم چھہٕ مےٚ پیٚنٕہٕ نِس لوٚہ لَشگرَس اَندرَ جان پاٗٹھۍ گنٛڈنہٕ یوان۔ مگر بہٕ چھُسا (ژٕم پٔرِتھ وزٕ ڈٲلان۔ کیٛازِ؟ بہٕ چھُس وۄنۍ پَنُن پان ژےٚ آلوٚنہٕ خاطرٕ یَنٛرِس لوٚسس پٔراران۔

لوٗکھ چھہٕ مےٚ پامہٕ دِوان تہٕ وَنان چھِم زِ بہٕ چھُس بےٚ شونٛک۔ تہٕ ژٕم چھہٕ لوٚز وَنان۔

واتنٕہٕ ٹیٛکہٕ وۄنۍ موکلیوو۔ ہیوٚن کَنُن تہٕ بیوٚسھٹہٕ۔ ییم مےٚ الوٚس آمتۍ آسی، ژٕم گیٚ لےٚ آسٕتھ تہٕ ژلِتھ منزٕ ییٚمِتھ۔ وۄنۍ چھُس بہٕ پَنُن پان ژےٚ آلوٚنہٕ خاطرٕ یِنٛزٕرٕ (۲) لوٚسس پٔراران۔

---

# اُرُدوٕ

اوٚبرٕ لٔنگن پیٹھہٕ اوٚبرٕ لٔشگ ہیٚتھن ژسِتھ پِنٕہ تہٕ اَنہٕ گوٚٹ ہیوٚتن گرٛٹھُن۔

مِیانہٕ ٹاٹھہ! بہٕ کیٚازٕ تھوٚوتھس بَبہٕ نمبرس گُنیُ زوٚن پٲرِنٲوُن۔

مُنٛدرِنیس چھُس بہٕ لوٚکَن سیتی کامہ کارس منٛز آور آسان تہٕ پیٚتھس گٔٹہٕ کارس مَنٛز چھُس بہٕ چانہٕ آشہٕ۔

یوٚدوَے ژٕ وُچھنہٕ پیٚٛن وَرشُن تہٕ مےٚ مُشراوکھ لۄر پٲٹھی تہٕ مےٚ چھُنہٕ تران فِکرِ زِ وَہرٲژ ہنٛدی یِم زٕ دوٚہ کیٚتھہٕ کٔنی گُذرٲوکھ بہٕ۔

مِیانہٕ اُچھ چھہٕ نبہٕ کِس اَنہٕ گُٹس کُن دَرِ لیچہٕ رٕژٕ، بہٕ چھُس واوٕ گرٛایَن سیتی وِداخ دِوان تہٕ چھُس چھینٛزراونہٕ آمُت۔

# کُنُوہ

یوٗدوَے ژٕ کَرکھ بٕ مےٚ سیٚتی کَتھ، تہٕ بہٕ تھوَن پنُن دوٚنٛدِ چانہِ (اَمہِ) ژھوٚپہِ سیٚتی بَرتھ تہٕ گژھہ ژالان۔ یہِ روزِ ژھوٚپہِ دَم کَرتھ، تہٕ ییتھ پأنٛژھ رات چھہٕ تارکھ نَب بیٚیتھ کأر نوٗمرتھ پٕرادان آسان، بہٕ تہٕ روزِ تیتھے پأنٛژھ پٕرارون۔

آخرٕ تہِ پھولَن سنگرمالہِ تہٕ۔ تہِ یہِ اَنہِ گوٚڈ تہٕ ژلہِ۔ چون ناو تہِ ییہ، نَب ژٕٹھ دوٚرایہِ لون کُن ڈسِتھ۔

تیٚلہِ نیرَن چانی ییم شَبدِ ہیانیو
جانانادارہ ہشدلو آبوٚنزِ بأتھ بُلنتھ۔
تہٕ ییم ساری بأتھ پھولَن نیَن اَنٛدرٕ
پوشِ بنتھ۔

—.—

## وُہ

ہیمہٕ دوہٕ پمپوشس پھوٚل ... وائے! بہٕ اوٚسس چھینٛدٕ رادینٕ آمُت۔ تہٕ ہۍ رُوزنہٕ خبرٕ ے ہیٚاکھ زانٛنہٕ ہین آس زھرٕ ے۔ توتہٕ گوٚنہٕ پوٚشک ظوٕ نے میٚ ۔ بہٕ رووُس ژیرتھ وزٕ اوزردٕ ۔ بہٕ اوٚسس سونیٚن منٛز دوہ رٹہٕ گٔڈان ۔ تمہِ اوس پورو دوٚچھنہٕ چھِن وادٕ گرٕاین منٛز بدلے مُشکا باسان۔

اُمی اکم خوشبوٕ تہٕ موٚدرہٕ وادن دژ میٚ زہر تہٕ ہُرہیہٕ میٚ آنس دِلس منٛز ژرھ تہٕ پژھ ۔ تہٕ میٚ باسیوو زٕ سونتہٕ کالک واو چھُ لوٚگمُت واش کٔڈنہٕ۔

میٚ اوس نہٕ تیلہٕ ذکریا توٚرمُت زٕ سُہ چھُ میٚنی نش تہٕ میونے چھُ۔ سُہ ہشہٕ امبر چھُ میٚ آنس دہ ندس منٛز چھکرنہٕ آمُت۔

---

# اَکہٕ وُزہ

یہٕ والَن یٔنِنہٕ ناو صۄرٕدٕر سٕدرس مَنٛز۔ واے!
سُدرٕ بُٹھس پیٹھٕ یٔژاران چھُ ہیون دوہ آلٕژھس
مَنٛزٕ سے گرژھان۔

سوٚنتہٕ کال آو تہٕ گو۔ دوہ نٕ چھُس یٕہ ہوکھیٖتین
پوشَن ہُرٛتہٕ۔ بار ہیتھ روزٕتھ گومُت۔

سُدرٕ چھُ ژَھٹہٕ ہاران تہٕ بُٹھس پیٹھٕ وَتہٕ کُلین
ہشٕ ژٕ لیٚدرٕ یمیتی یٔنہٕ وُتھرٕ وسی یٔیوان۔

ژٕ کَتھہٕ شَینا ہَس کُن چھُکھ وُچھان۔ ژرٕ چھُے نا
یمَن واو گرٕایَن مَنٛزٕ یمہٕ ژروٚنہٕ کین سُدرٕ مَنٛزٕ دورکین
باتَن ہُنٛد کرٕ یکہٕ ناد ہیتھ یوان چھُ، کانٛہہ دوہ لٕہُن
باسان

# ژتووہ

ژچھکھ شراوئن رۄد جرین منز لوتی پاٹھی
ژھوپہ گرتھ گٹہ منز ہیر درن ہنز نظر ڈلیٹھہ
نیران۔

پوری چھن واو ژھٹن ہند زور چھنہ از پرباتن
اچھی منز آومژ، تہ ووڈس نبس بیٹھ زن چھ
الکھ گوب ورن شراوتہ آمت۔

ونن منز تہ چھ گیون بنڈ گومت، تہ پرتھ کانہہ
بمہ چھہ دتھ۔ ژی یوت چکھہ ہیتھ گہلہ وتہ پکان

میانہ بالہ یارہ، میانہ ماٹھہ، میانہ گرمک بر
چھے وۄتھے ہیتھنہ سوینکی پاٹھی اپاری ژلکھ۔

---

# ژرووہ

سیانہٕ بالہٕ یارٕ! ژٕ چھکھا یتھ اَنہٕ گٹہٕ راژ منز
پٔتہٕ نس یارس سمکھنہٕ ژٕرٲمُت۔ ئتھ چھ ئوسی منٛس
انسانہٕ سٕندی پٲٹھی اُچھو رُود ژراوان تہٕ باکہٕ
ژھٹان۔

اَز چھنہٕ سے نیٚندرٕ رے یوان۔ پھرٕ پھرٕ چھس
بہٕ برٕ منٛزاں تہٕ اَنہٕ گٹس منز ژھان۔

مےٚ چھنہٕ پانس ترٕوٚنہٕ کنہٕ کینہٕ تہٕ لوان لبنہٕ
بہٕ چھس راوان ژٕ جاے وَتھ کیپاٲری چھ۔

ہیانہٕ بالہٕ یارٕ! تسہٕ کرشنہٕ (کرہٕنہٕ) کوٚلہٕ ہیٚنٛدٕ
کمہٕ پٲٹھی گھلہٕ ونہٕ منزٕ کیپاٲری کیٚن تہٕ ییتھ
اَنہٕ گٹہٕ منز کیپاٲری چھکھ ژٕ مےٚ نش واتہٕ نچ دتھ
ساران۔

—·—

# ژُوُوہ

یوٗد وٕے دوٚہ چھہ لوٗسمُت۔

یوٚد وٕے جانہٕ وارو تہٕ چھُہ یِنہٕ لول لوش بنٛدٕ کوٚرمُت۔

یٚدوٕے داو تہٕ چھُہ ٹھکتھ لوٗسمُت۔

ہیٚے تہٕ ژراو تیتھٕے گوٚب وُرُن یتھہٕ ژرےٚ یتھ بتر آژٕ نیٚنٛدرٕ

ہُنٛد وُرُن چھُنتھ ژرووُمُت، تہٕ یتھہٕ پانٛژھ دوٚہ لوٗسہٕ

سٕنٛدھیا سمیٚس ہمپوشہٕ وُتھر وارٕ وارٕ وُٹھتھ چھُنتھ تھوٚوی متیٚ۔

تُمس وَتہٕ گٔتھہٕ سُنٛد اتھہٕ چھوبرِ تہٕ شرم کاستہٕ

ازٕ یمیٚس منٛزٕ لَس واتتھ ژرونٛھٹیٚ وَتہٕ خرنٛج چھُہ موکلیوٗمُت

پلوٗن چھُس رِچھہٕ گامژٕ تہٕ چھُس لَژھہ کھیامتیٚ تہٕ لیس ٹھکتھ

تہٕ پھُٹتھ لوٗسمُت چھُہ۔ تہٕ لَس وَتہٕ گَتُس وتہٕ ازٕ بیٚپہٕ لوٗ

زِنٛدگی تیتھہٕ پانٛژھ یتھہٕ پانٛژھ ژٕ اُکس پوشُس رازٕ ہنٛدس

اُلس منٛز لوٗ زِنٛدگی وٕوان چھُکھ۔

— • —

# پٔنژٕ

یَتھ کُڈرٕ تہٕ کٔرِچھ رٲژ مَنٛز دِنہٕ مےٚ پٔژنہٕ گرٕ
کھوٗرٕ دُہرِتھ کوٗشلا کرنہٕ ۔

میٲنی یہٕ ہیٚکتھ لوسہٕ آلہٕ سیٚژر چھہ
مَتہٕ لاگتن پیٚشہٕ پوز ہیٚنز سکھر کَرٕتَس

نوٗسَرٕ ژہٕ بانٛگ یہٕ سوکھ ساویٚہ مُنجہ ماوٕ
یہٕ خٲطرٕ چھُکھ ژٕ دوٗلہٕ ہیٚنزن گوبیژن ۔
۔اُچھن پیٚچھٕ رٲژ ہُنٛد وُزن ژراوان ۔

# شَبتہٕ وُہ

سُہ آو تہٕ ییٚلہِ نِش ہیوٚتھ۔ مگر بہٕ
رُدُس نیٚندرِ مَنٛزٕ ے۔
ہَے ہا ے! یہ گرٕ شہ سَنا وُہوتھ نٛیٚندرٕ
اَس یُس آو رٔژ ہٕنٛزٕ ژھوپہ مَنٛزٕ تٔمِس
اوس اتھس کینتھ رباب۔ تٔمِہ چیوٚ مٛوٗدر لو
لیوٗ سٔتی ہیٚنٛزٕ ہیشانہو سوٚ ہپوٚ ژھالہِ مارٕ

وا ے! میٚشانہِ سارہی رٔژ کِتیازِ چھہ
پیٚتھے پٔاٹھی راوان۔ ئہ کیتیازِ چھسنہٕ
ہاٚکان تٔمی سُنٛد دَرشُن کٔرِتھ ییٚمی
سُنٛد شاہ چھُہ نیٚنٛدرِ مَنٛزٕ تہٕ ییٚلہِ نِش
داتان۔

---

# سترٕوٕہ

پرٕاگاش!

اَماسہٕ پرٕاگاش کتہٕ چھُہ۔ تہٕ پرٕزلاوُن آتہٕ ہنٛز تھزرٕ رٔہہٕ سلتو۔ ژونگ چھُہ، مگر تتھہٕ گھڑرٕ نہٕ زٕلہٕ تہٕ رٔہہٕ، مشانہٕ ووہٕ نٕد اتھٕرٕ چھُپائی اَزلس لیکھتھ۔ ہیوپانہٕ! ژرٕ اوسُے مرنےٕ جان۔ دوکھ چھُہ ژرٕ برَس تَل ٹھسہٕ رٕ ائرے کران۔ ژٕمہٕ چھُپےٕ شیشچھ اَنٛز زٕچوُن مدُن چھُہ ہشارٕ بےٕ۔ سُہ چھُہ مےٕ راٗژ ہنٛز اَنہٕ گٹہٕ منٛزرٕ سمکھنس آلو دوان۔

نَب چھُہ اوٗبرن دوٗلمت تہٕ رُود چھُہ اَژھن وَسان۔ بُہ چھُس نہٕ بہٕ زٕلان زٕ مےٕ کیاز چھُہ بیتھر ژھرٹہٕ ژھرٹ اَندرٕ۔ اما بہٕ کیاز۔ ہےٕ چھُنہٕ تران فکرٕ۔

وُزملہٕ چھُہ مےٕ اَچھن اَنہٕ گوٗٹ پھران تہٕ بُہ چھُس سوہ وَنہہ ہوان سارٕنی ہیتھ وَنہٕ راٗژ ہُنٛد ساز چھُہ مےٕ آلو دوان۔

پرٕاگاش!

اَما پرٕاگاش کتہٕ چھُہ! بہٕ پرٕزلاوُن اَرمانو ہنٛز تھزرٕ رٔہہٕ سلتو۔

گٕنگراہ چھُہ گرٛھان۔ آکاشی چھُہ واو طوٗفان۔ رات چھُہ مُرُنہٕ ہیٛالہٕ کھوٗتہٕ گرٛہنو۔ ووہٕ نی مدہےٕ ہیتھ اَنہٕ گٹس منٛز ولرٕ راد ردوٗنی پلٔتہٕ زندگی سلتو زٕلُن ژونگ۔

# اُٹھُوُہ

بہٕ چھُس والہٕ واشہٕ لوٗگمُت۔ یُتھے بہٕ چھُس ہیوان یہ
زال ژٹُن۔ مے چھُ اندرٕ یہ آوٗلُن پھیران۔
بہٕ گوٗژھس یہلہٕ گژھُن، مگر یہ آش تھوٗتھ چھُ مے
شرہ سیتی پوٗنی گژھان۔
مے چھُ یہ پوٗر پاٹھی پژھ زِ ژھُچاکھ عاشن تہٕ غمن
ہُنٛد بوڈ بار انبرا اکھ۔ ژھُچاکھ سارنی گستھ ہیوُن
یارتہ۔ مگر مے چھِہ ایژ ہیمتھے زِ بہٕ ژھہِ پننہِ گرِ ایژ
گروہیٹھ نیبر گژھتھ۔
مے چھُ مِٹر تہٕ ہوتگ پلو وُلِتھ۔ مے چھُ اتھ
سیتی دِے، مگر توتہ چھُس کہِ لولہٕ وُلتھ تھوان
بہٕ چھُس بوڈ قرضدار اکھ۔ بیٚیہ چھمہٕ کنہٕ کامہ
سینز گژھان۔ بہٕ چھُس شرمہ داوُن کھیومُت
توتہ ییلہ بہٕ چھُس امہ نِش موکلن پاٹے ژھانڈنہٕ
ژہے نِش زارِ پارِس لوان تہٕ کھوژان چھُس تھر تھر
چھم اژان زِ ہیوُن یہ زارِ پارِ ما مانکھ ژٕ۔

---

# کُنہٕ ژٕرہ

ییمِس یَہ پٔنُن ناد وِتھ اوٚنگجہ سِلتہٕ ہاوان
چھُس رُسہ چھُہ یَتھ قادٕ خانَس مَنٛز بالکہٕ ژھٕٹان

بہٕ چھُس اَتھ ژوٗ پأری دوٗسہٕ تہٕ دِلوار
بَناوَنَس لوٚگمُت تہٕ یُتھٕے یہٕ دوٗس دوٗہ دوٗہ
ہیوٚر ہیوٚر لکَسان چھُہ یُتھٕے چھُہ اَمہٕ چہٕ ژھایہٕ مَنٛزیوٗن
ٹیرٕوٗن بتھ کھٔشتہٕ پٕوان ۔

مےٚ چھُہ ییمہٕ تھٔزٕ دوٗسہٕ ہُنٛد سٕہٕٹاہ بوٗش
اَمیک پٕرٕتھ کانٛہہ گوٚڈ بَنٛد کرنہٕ خاطرٕ چھُس بہٕ اَتھ سیٚکہٕ
تہٕ سیمنٹُک ٹیپ کران ۔

اَتھ کارَس سَنٛتہٕ مَنٛزٕ چھُہ پی نیران زٕ مےٚ چھُہ
پَنُن پٕروٗن بتھ کھٔشتہٕ پٕوان ۔

# ژٕرٕ

بٕہ ڈٲرا اِیس پَننِس یارس سَمکھنہٕ
خاطرٕ ... کُنۍ زۅن ۔ اما میٚے کُس چھُہ یتھ اَنہٕ
گٹٕس منٛز پتہٕ پتہٕ لارّان ۔

یَنۍ کٔنۍ چھُس بہٕ تٔمِس لوٚب ہینہٕ خاطرٕ
ہور یور گَرٛدان ، مگر سُہ چھُہ میٚے پتے لگِتھ ۔
سُہ چھُہ لٔرِتھ کھاران تہٕ مشانہٕ پیٚٹھ کتھہ سیتی
کرِتھ دِوان ۔

میٚشانہٕ وَدیہ ! سُہ چھُہ میٚے پَنٕنہٕ نُے
لوکُٹ پان ، تٔمِس چھینہٕ لَزٕ گَرٛدان مگر تَس
منٛز چھانِس بَرَس تَل بِنٕنِس چھُس بہٕ
مَنٛدچھان ۔

—·—

# اَکہ ژٕرہ

"ہیو قادِ ! ژٕ کمو چھکھہ بنٛد تھووِمت ؟"

قادَن وۄن پھیرِتھ ۔ "ہینٛزٕ دینَ"

میٚ آس راے زِ ہینٛزٕ بلہِ تہٕ ہینٛزٕ ہنو دیارَو سیتی رٹَن بہٕ زٕگتھ

تل ۔ میٚ تھووِ ہینٛزس خزانس منٛز ترٛم دیار تہٕ ییم میٚ دلیس ونی گرٛھو ۔

یٔچھے نینٛدرِ کھٔرِم بہٕ شونٛگس بے شوٗنٛگی پاٹھی دیہ سنٛدس وتھرنس

پیٹھے ۔ نینٛدرِ وۄتھت وُچھم میٚ زِ بہٕ اوسُس ہینٛزٕ لنیے خزانس

منٛز (پاٹھی کنہِ سنٛدی پاٹھی) بنٛد کوٗمت ۔

"ہیو قادِ ! وَن یمہٕ بیٚرٕ کمو گرِنے ژٕ ؟"

"قٕ بٕ" وۄن پھیرِتھ "میٚ پانے ۔"

سٹھاہ چَھکھتھ تہٕ جوٗتہٕ سنان بہاوِ میٚ یمہٕ بیٚرٕ ۔ میٚ آس راے

زِ ہینٛزٕ ہنو زورَو سیتی گنٛڈن بہٕ سوٗیے زٕگتھ ... یمہٕ ویے بیٚڑلو سیتی تہٕ ییتہٕ

کرِ کنےٗ زوٗن راج تہٕ تاج تہٕ راٗنس تہٕ دوٗہس روٗدس بہٕ نارِ تہٕ پرِ دلو سیتی

یہ بیٚڑی تیار کران ۔ ہیٚلہٕ بہٕ مو کلیوس امہِ کارِ نشہٕ تہٕ ہیٚلہٕ میٚ وُچھی امکی

کرِو دٔری تہٕ پۄرِ گاہتی ۔ اما ہینٛزٕ کتھاہ وُچھم زِ بہٕ پانے انھ بیٚرٕ منٛز

گنٛڈتھ آمُت ۔

# دوٚپہٕ ژرٕ

یتھ زٕگتس منٛز یِم میٚۓ چھِ سیٹھاہ لول بران،
تِم چھِ میٚۓ ژوٚ یاری یژھان زِ تِم تھوٚن یمگر چوٚن لول چھُ
تِمن سارنٕے ہنٛد لولہ کھوتہٕ سیٹھاہ تھوٚد۔ ژٕ چھکھ
میٚۓ ییلہٕ تھوان تِم چھنہٕ زانہٕ تہٕ میٚۓ گنٕۓ زوٚن ژٕراوان۔
خبر بہٕ ہا مشراوکھ تِم یمگر ژوٚہ دوہ چھُ گژھان تہٕ چوٚن
درشُن چھنہٕ سپدان۔

یوٚد وۍ بہٕ آسہٕ ہے تہٕ زار پار کران تہٕ آلو دِوان۔

یوٚد وۍ بہٕ رٕژہٕ ہتھ تہٕ ہٕنٛشہٕ نِس ووٚہ ندِس منٛز۔
توتہٕ چھُ چوٚن لول یُس ژٕ میٚۓ بُران چھکھ یس آسِ لوٗس
پژرِان۔

—.—

# تیٚییہٕ ثرٕہ

دۄہلہٕ ژاے تم مسٲنِس گرِس منٛز تہٕ دۄتگھ، اسو
روزٕہ ہوٚیتھ لوکٹِس کوٗثس منٛز۔

تموٚ دۄنہٕم، اسی کردے ترٛے پاٹھس تہٕ پوٗزلیہٕ
منٛز اَنِتھ روٗٹ تہٕ تمی سٕنٛزِ بارگاہِ منٛز بیہ اَسہٕ تہٕ چلہٕ
تینۍ تُے رٕلوٗ اسی۔

تموٚ رٔٹ اَلِس کوٗثس منٛز جابے تہٕ لوٗ تہٕ پاٹھو
بیٹھی عارٕ گٔتی زَن۔ بگر رات کیٚت دِچھ مےٚ تم اَنہٕ گٹہٕ
منٛز ژٕدان تہٕ زور وٲرۍ سان ژاے میانِس شرٛوٗزِس
ٹھوکر کٔھٹِس منٛز تہٕ دیہٕ ہشٕد ہلپھٹہٕ پلپھٹہٕ ثیوکھ پوٗزاپہٕ
ہُشٕد سورے سامانہٕ تلتھ۔

# ژوپٕژہ

ہمےٚ تھو اپٕژٕرے ( ظلوٗن ) رژٕہِن یِیمہٕ سیتی بہٕ ہیکہٕ وُنتھ زِ ژھُکھ ہیوٗن سوٗرٕے کینہہ ۔

میےٚ تھوٗ تہٕ اپٕژٕرے یٔژھ ہیتھ بہٕ ژٕ ہیکِتھ یٔژھ طرفہٕ لُیتھ ۔ یٔژھ کُنہ وسٕتس منٛز رٕٹھتھ تہٕ بیٚیہٕ ہیکہٕ ہا بہٕ ژٕرے یٔژھ ورٕہنٛ لوٗل پادٕن تٔل تراوِتھ ۔

میےٚ گوٗژھ تیٚتھ ظلوٗن تہٕ روزُن یِتھ بہٕ ہیکہٕ ہیتھ زانہہ تہٕ کھنٛڈِت تھوٗوِتھ ۔ میےٚ تھوٗتہٕ تیٚتے زولانہٕ ژٕراوِتھ یُتھ بہٕ چانہٕ یٔژھ سیتی گنٛڈِتھ روزٕ ہا ۔ تہٕ بیٚیہٕ کرٕ ہا پننہٕ زِندگی منٛز چوٗن دوٗپ لوٗرٕ ۔ یہٕ زولانہٕ چھُ چوٗن لوٗل ۔

# پانژٕتھ

بلیٚتہٕ مَن چھُپنہٕ کھوژان تہٕ راوان تہٕ ڈٕلکہٕ چھُ روزان تھوٚد۔

بلیٚتہٕ لوٚد (عقل) چھُ ہوکُج (آزاد)۔

بلیٚتہٕ نہٕ یہٕ زَگتھ چھُ آمُت ہیوٚن ہیوٚن گرُن مَنز بآگرہٕ۔

بلیٚتہٕ پَزٕ رُکِ آگرُ چھُ۔

بلیٚتہٕ دُنیاداری چھُ بٕروٚنہہ کُنۍ بٕرتھرَس کُن لمان۔

بلیٚتہٕ گیاپنچ کول چھُپنہٕ کھوژٕ دِنیوٚ اپزٕ بوکرتوٚ توٚہٕ ہنزٕ سیکلہٕ زٕمینہٕ مَنزٕ وتھ لٕشراوان۔

بلیٚتہٕ النسانہٕ پسندی کار چھُ پانہٕ سیٚتی بٕرتھ ورٕ تھدین خیالَن سیٚتی روزان تہٕ زٕتین رٕتین کارَن کُنۍ گُگتھ روزان۔

میانہٕ دیہ! آزادی ہنزِ تمتھ تھدٕ بارگاہ مَنز کھوٚتن میوٚن زیش رٕتی کار کرِدٕن۔

# شیٖشہٕ ژرہ

میانہِ دَیہ ! میون یہ زارٕ پارٕ لوزٕنہٕ . ژٕ دِتہٕ میانین اُندرِیمین خامین ژروت ۔ یہٕ میانین اُنْدرِیمین کمزوٗرِین والِتہٕ پَرٕ دَب ۔ میے دِتہٕ ترٛٲ ہٲکھ نہٕ ہمتھ یتھ بہٕ ییٚنہٕ سوکھ دۄکھ ہیکہٕ لوٗتی پٲٹھی ژٲلتھ ۔

ترٛٲ ہیٚکتھ دِتم یُتھ بہٕ یِنہٕ لول ہیکہٕ جان پٲٹھی لوٗبٕتھ لکھارتھ ۔

ترٛٲ ہیکتھ دِتم یُتھ نہٕ بہٕ ہیچھر ہیمی مُشراوکھ تہٕ یُتھ نہٕ میے اپنٕ زوروٲری ثبوتہ کَنہٕ نَمتھ پیٚیہٕ ۔

ترٛٲ ہیکتھ دِتم یُتھ نہٕ بہٕ یِژھن ترٛژھن کتھن مَنز یچھتھ ہیوٗز بنہٕ ۔

ترٛٲ ہیکتھ دِتم یُتھ یہٕ یُنٕ پان ہیکہٕ چھانہٕ پژھ ژے لولہ سان آکوٗتھ ۔

—·—

# ستہٕ ثرہ

**پہٚلہٕ** یٕہ تھٕکِتھ پھُٹس تہٕ میٚے زون زِمیون سَفر ہوکلیوو ہٕ ترٕونتھٕ آسیٚم وَتھ بَنٛد ۔ وَتہٕ خرچ تہٕ چھُم ہوکلیوٗ مُت تہٕ دوفی چھُس دَپان زِ اَکِس جان شِہلس تَل بِہِتھ کوشلاہ کرِنٛگ چھُ وِیلہٕ ووتمُت ۔

**مگر** یُہ چھُس وُچھان زِ لوسہٕ یٕژھ میٚے چاگٕنی چھَہ تَتھ چھُنہٕ اَنٛتھٕے کُنہٕ ۔

**میٛانہٕ** زِنٛدٕگی چھنہٕ تمہٕ پرانہٕ کٔتھہٕ کُنہٕ ۔ مگر توتہٕ چھَہ میٛانہٕ زِنٛدٕگی نٔو نٔو کٔتھہٕ نیران ۔ تہٕ بیٚیہٕ بیٚیتہٕ پرانہٕ وَتہٕ چھنہٕ نَنہٕ تیران ، تتہٕ چھ نٔوی دلیٖل نٔوے نوراہِتھ نٔنی نیران ۔

—.—

# اَرِژٕہ

بہٕ چھُسَتھ ژٕ ژھانڈان ہبٲپہٕ ہنہٕ کاںٛہہ۔ ہیون دوٚنٛہٕ چھُہ پھیٚرِ پھیٚرِ پی کانٛچھان۔ تٔتہٕ ہیم میاٛنی ارمان چھُہ ہیم ہیٚے دوٚہس راتَس تیٚلہٕ تٔلیٚن رٕوان چھُہ، تم چھُہ سارٕی اپیٚرٕ تہٕ ژھری۔

پتھ پاٚٹھی راٛژ ہنٛز گٔنٛڈہٕ ہنٛز چھُہ دُہگ گاشٕ ژھیٚپھہ ژِتھ تِتھے پاٚٹھی چھُہ میانہٕ اَنٛزراٛنی ہنٛز تہٕ یُیٚے کرکھ نیران زٕ بہٕ چھُسَتھ ژٕ یے لوت کانٛچھان بٲپہٕ ہنہٕ کاںٛہہ تہٕ۔

پتھ پاٚٹھی وآوٕ طُفان چھُہ گٔنٛڈہٕ کار بھیران تہٕ پتیٚہٕ پھٔژھان پانہٕ تہٕ لوٚتی پاٚٹھی بہن۔ تِتھے پاٚٹھی چھُہ ہیون مٔنٛزرٕ تہٕ تیٚمٲنٛس لولَس گٔنٛڈہٕ کار بھیرتھ تہٕ پی وَنان زٕ بہٕ چھُسَتھ ژٕ یے ژھانڈان تہٕ بٲپہٕ ہنہٕ کاںٛہہ۔

—.—

# گُنٛتٲجہ

ییٚلہِ میون وۄنِدۍ تنٛگ رتہٕ ہیو کھ تہٕ وزِ ہتیٚلہِ ژٲوِی زِ
عاپرِ ہوٚت روٗد ییٚ پلیٹھ۔

ییٚلہِ زِنٛدگی ہنٛز شوٗب روزِ نہٕ گُنہِ نُنی ہتیٚلہِ لوزناوِی زِ
پُٹہٕ تہٕ ہوٚدِ راگ۔

ییٚلہِ نیٚیٚرِ مہٕ تیز کاروبارُک گرِ یکہٕ ناد وۄتھِ ژہ پآرِی
تہٕ مےٚ کرِ نیٚیٚرِ کِنِ بَنٛد میٛانہِ دِلبرِ! تمہِ وزِ پنہِ
مےٚ نِش سۄکھ ساوِے ہیتھ۔

ییٚلہِ میون ہَشِرلَد پان مزر ہیتھ اَکہِ پآرِی روزِ ژھۄپہٕ
گرِتھ ژِ پنہِ تَمہِ وزِ بَرہٕ ٹُھپر آوتھ ہتھِ پاپِک شاہانہِ
ڈُنگہِ ڈوال ہیتھ۔

ییٚلہِ لوب دطمع کرِ میآنِس وۄنِدَس ژَھلہِ تہٕ ماپیتی اوٚن تیٚلہِ پنہِ
میٛانہِ مَلہِ رَسِ تہٕ تہٕ پُرنہِ وَیہِ! پنُن گاش تہٕ گگراے ہیتھ۔

# ژٕتہ جبہ

میٲنہٕ دَیہ ! میٲنٕس بیتھہٕ دُنیہٕ ہِتس وۄنٛدس ووت
داریاہ کال رُود پیٛنہٕ ہیے ۔ تَپ چھُہ نیٚن ۔ اوٚبہٕ تیچا
تہٕ چھنہٕ کُنہٕ ۔ نہٕ چھ کُنہٕ واو گرٛایاہ ، نہٕ کُنہٕ رُود پیٛنچ
کانٛہہ ژرایاہ ۔

یوٚد ژٕ ییٚژھکھ تہٕ تیٚلہٕ تُل واوٕ طُفان ۔ وُزملو تہٕ گگراو
سیٚتی تُل نبس گٹہٕ کار ۔

میٲنہٕ دَیہ ! بیتھ ترٛٲ تاپہٕ گرٛایہٕ کڈ تہٕ ٹوک ۔ ییٚمی چھ
میون وۄنٛد نبر اشایہٕ سیٚتی زولمُت ۔

بیتھہٕ پاٹھۍ اکھ ہاج چھ اُشہٕ ہٲری بُرتھ پیٛنہٕ نس جگر پارٕس کوچھ ہیٛچہٕ ترٛاٗئز
دِچھان ۔ لیٚس خشمہٕ تہٕ ماۍ چھ آسان گھرنگ ژھُنمُت ۔ تتھے پاٹھۍ ییہ تٕۍ
میون حار تہٕ پیٛنہٕ دَیایہ بنٛدی اوٚبرہٕ لوٚنگی توٚمرٕ ؤتلھ
مےٗ کُن ۔

# اَکہ ثاجہ

میٖلنہ ٹاٹھہ! ژٕ چھکھ تمَن سارِنٕے پیتھ ژھایہ ہِلس ژھیپِھ دِتھ تم چھی ژٕ نیوٗز زانِتھ اُرٕد یُیِتھ وتہٕ منٛز دِکہ دِتھ نیران۔

بٕہ چھس واریاہ کالہٕ پیٹھٕ میتھ جاپہ چانہٕ پوٗزا پہ ہٕشٕد ساماِنہ دٕہرٕ اُتھ ہِیتھ کاٹھو گوٚمُت۔ وتہٕ پکن وٕنی چھہٕ لوان تہٕ اکِہ اکِہ سیاٚنی لوٗش نٕوان۔ سیاٚنی زاٚن ہیٚڑٕن ووٕنی ژھر گژھنی۔

صبنبنج دِل تہٕ گیہ۔ منٛدین تہٕ گو نیرِتھ۔ تہٕ ووٕنی ہیوٚتن دوہ لوٚستِھ انہٕ گوٚنٹ تہٕ گژھن بیشاٚنی ٹارہ تہٕ ہیٚتن نیٚندرٕ ستی گوٚبنی۔ گرٕ گژھونی لوکھ چھہ مےٚ کُن وچھان تہٕ اَسان تہٕ بٕہ چھُس منٛدٕ چھان۔

بٕہ چھُس اُکس واٚژ مژ یٕچھو نہٕ کور ہیٚنٛدی پاٹھو لوٗر دِتھ ہیتھ۔ بیٚیلہٕ تم مےٚ پژھان چھہٕ ژٕ کیاہ گژھی۔ بٕہ چھُس پیٚنہٕ اچھ بوٚن کُن ژھنان تہٕ ژھو پہ گراٚن۔ دٕاے! بٕہ کٔیتھ پاٹھو ونہٕ تمَن پوٚز۔ زٕ ژٕ چھُکھ مےٚ نش ییٚنگ وادٕ کوٚرمُت۔ بٕہ چھُس نہٕ شرمہٕ ستی ہیتہٕ ہیکان ونِتھ زِ مےٚ چھہٕ یہ غور ہیتھ تہٕ ژٕیتی واٚلی اتھٕ خاطرٕ ہیٚش ہیٚشرٕ۔ مےٚ چھہٕ لوٚیہٕ بوٚش ہتھوٚمُت وٕہ ندٕس منٛز کھٹِتھ۔

یہٕ چھُس سَبزارَس پیٛٹھ ہیٚنتھ تہٕ اُچھ چھَم لَجمژ نٮ۪بَس کُن دَرٕ۔
تہٕ چاپتہٕ بےٚ شوٗنٛکی پاٹھۍ ہینگ شوٗبہٕ دار سوٗپُن چھُس وُچھان ـــ زَن
چھہٕ ساری گیوٗزانٛگۍ دزان، تہٕ چانٛس رَتھس چھہٕ سوٗنہٕ سُنٛز الم گرایہ
ماران تہٕ تَم چھہٕ یہٕ وُچھتھ دَم پھُٹۍ گژھان ہیٚلہٕ ژھُکھ اَمہٕ یژنہٕ
رَتھہٕ منٛز بوٗن وسِتھ اَتھس تھپھ کٔرتھ نٮ۪تےٚ لِش (پانس) رَتھس منٛز یہٕ ناوان تہٕ
یہٕ زَن چھُس آسان اَکِس واژمژ کوٗرِ ہندۍ پاٹھۍ ژھینٛمتۍ پلَو ژھنِتھ
لَرِژھ گامژ تہٕ شرمہٕ تہٕ لوٗشہٕ سیٚتۍ آسان مےٚ تِتھ تھتھرا۔ لَجمژ یژھ
سوٗتُرتہٕ کالَس اَندر واوہٕ رِنگلشو سیٚتۍ اَکِس لوٗشہٕ تھرِ چھہٕ آسان لَجمژ۔

مگر واریاہ کال ہیوٗت گژھُن، چاپتہٕ رَتھ کیٛن ہگرِن ہنٛز کانہہ کَکرایا
چھینہٕ لوٗزان۔ واریاہ لوکھ چھہٕ آسان تہٕ گنٛڈان نیران۔

کیٛشا ژےٚ لوٗت روز کھاتمن پتھ ژھایہ نہس۔ کیٛشا ژےٚ لوٗت
روز اپٕراِرُن تہٕ وُزی وُزی کراگدہٕ پانس۔

# دوِیہ ناچہ

سُنگرمالہِ پھو لینہٕ وِزٕ وِنیوتھ ژٕرےٚ میےٚ لوٚتی پاٹھی زٕ ژٕ تہٕ بہٕ نیرَو لوٚتی پاٹھی ناوِ ہمزٕ تہٕ سانہٕ اَمہِ یاترایہٕ ہُنٛد پے لگنہٕ یتھ زَگنَس مِنزٕ کانٛہہ تہٕ۔

تَتھ زینٛچھس تہٕ بُڈٕس سُدرَس مَنزٕ چانہٕ لوٚتی پاٹھی آسنہٕ وِزٕ آسَن میانی گیت پان ژعٹنٛ ہِندی پاٹھی آزادی سان کُنہٕ گنڈٕ تہٕ ٹھَر روٚس ہوٚدرِ لَگیہ تیران۔

کیاہ وُنہٕ تہٕ دوت ناسہ ویلہٕ؟
کیاہ وُنہٕ تہٕ چھا کینٛہہ کار روٗدمُت ہیتھ؟

وُچھ سُدرٕ پیٹھ کیتھہٕ ہیوٚتُن اَبرٕ گوٚٹ گرٛزُن۔ دوہ لوسنہٕ بیتہٕ ہین جاناوار تہٕ بتنہٕ نِن پیٚشنہٕ نِن آکِن اَندر پھیرِتھ ییٚنہٕ۔

کیا خبر یمہٕ رزٕ کرٕ ژھایَن تہٕ یہ ناو کرٕ گژھہ سرٕ یہ لوسنکہٕ پتہٕ پیٹھ وولِ پاٹھی راتھ ہنزِ شرپتھہ۔

# تِیّیہ تاجہ

میشانہ راجہ! بہٕ اوسُس نہٕ تمہٕ دوہٕ سکھرِتھ یِمشانہٕ آلو
دِنہٕ وَرٲے تہٕ شیچھ روّمتے ژاکھ سیوّد تہٕ ساد پاٹھٕ میشالِس دوہ نِدس منز
تہٕ میشانِس ژِہن تہٕ لہرَن دِتھ ترے زلوٗٹھ آے ۔

ازبیلہٕ بہٕ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ تمَن پیٹھ نظر ترٲوِتھ چاٹی آکھ وچھان
چھُس تہٕ زانان چھُس زِ تمہٕ چھ منشتھ گامتین دوہَن ہندِین سوکھن تہٕ
دوکھَن سیتی لٹھِ گاہتی آسان ۔

ہی ناتھ! بہٕ اوسُس لٹھِ سیتی شُری گینڈنا گران ۔ امہٕ کِنی
گیبی نہٕ ترے میشانی ژے ۔

یچانین یادَن ہنز لوسہٕ تُلہٕ تراو میٚ گنڈنہٕ وِزِ بوزمُژ
اُس ہسہ چھہ دوہ نی پترتھ نارکس منز کُنَن گژھان ۔

# ژوٗیہٕ آچھ

بلیتہٕ گاشس یتہٕ انہٕ گوٚٹ لارأن ، تہٕ ریتہٕ کالہٕ پتہٕ چھہ ڈیٚہراتھ پوان ۔ تتھی وَتہٕ پیٚٹھ ژرےٚ پرأرُن تہٕ چأنی وَتھ وُچھنی چھہ اکھ بُڈ بادشاہیا اکھ ۔

شیٚچھ گرچھ اَن زان دلیشو پیٚٹھہٕ شیٚچھ اَنان تہٕ میٚے پوشتہ کَران تہٕ سیتی پنٕنی وَتھ ژٹان ۔

بہٕ چھُس اَندری پھولان تہٕ وۄہہٕ ٹُلان تہٕ واوَس تہٕ ژھٕم میچھر باسان ۔

سِریہٕ کھشنہٕ پیٚٹھہٕ سِریہٕ لوسنس تام چھُس بہٕ پنٕنہ یہے برَس تَل بیہان ۔ بہٕ چھُس زانان زٕ سوٚ جان وِل تہٕ ییٚہ ہٕنگہٕ تہٕ مَنگہٕ ہیٚلیہ بہٕ چون ورِش کرٕ ۔

توٚت تام چھُس بہٕ کُنےٚ زوٗن اسان تہٕ گبوان ۔ واو تہٕ چھُ چلنہٕ ییٚنہٕ چھہ ژرأنژہٕ مُشکہٕ اَنبرَ بأگران تہٕ ہنہٕ لدان ۔

# پانٛژاچہ

کیٛاژٕ نٛے بوزٕتھ ناتُہشٕدبن پادَن ہنٛز تٕلہٕ ترٛاو ؟ سُہ چھُہ
پٕوان ، سُہ چھُہ پٕوان تہٕ پُرٕزی پاٹھۍ چھُہ دوٚہے پٕوان ، تہٕ دوہَے چھُہ پٕوان ۔

مےٚ چھُہ دیولہٕ ہِنٛدی پاٹھۍ واریاہ لٔٹہٕ واریاہ گیٖت گیوٚومٕتۍ
مگر ژٕ پُرتھ لٔٹہٕ ڈراو یمو گیٖتو منٛز پی زٕ سُہ چھُہ پٕوان ، سُہ چھُہ
پٕوان ۔ دوہَے چھُہ پٕوان ۔

سوٚنٛتہٕ کالَس منٛز یمَن دوٚہن ہٕرتھ طرفہٕ مُشکہٕ انٛبرَ چھُہ آسان ۔
سوہ چھُہ تمَن زُیَن باغو منٛزی پٕوان تہٕ دوٚہے پٕوان ۔
شرٛاونٕن گگرایَن ہُشٕدِس رٕتھَس پیٚٹھ اوٚبرٕ گٔٹہٕ منٛز چھُہ سُہ
پٕوان تہٕ دوٚہے پٕوان ۔

ژٕم چھُہ تُسِنٛدۍ یاد ، ییم دوہ کُھن بیٚپٹھ دوہ کھُہ ہیتھ چھُہ مےٚ سوگٕھ دوان ۔
یہ چھُہ تُسنٛدٕن پادَن ہُشٕد مےٚ ستی لٔگن ، یِیس میشانس دوہ نَس چھُہ
ژھوہ مارناوان ۔

# شیٚنہٕ ناچہ

مےٚ چھُ ژٕنتس زٕ ژٕ کرٕ بلبٕٹھ چھُکھ مےٚ سَمکھنہٕ خاطرٕ مےٚ نش دوٚہے یوان ۔

چون سرِیہٕ تہٕ چاۓ ژٕدن ہیکہٕ نہٕ ژٕرےٚ مےٚ نش کُھٹِتھ نٕیتھ ۔ مےٚ چھُ واریاہ لٔبہٕ گاش پھولنہٕ وِزِ تہٕ دوہ لوٚسنہٕ وِزِ چانٛی دٕبرٲے لوٗزمٕژ ۔ تہٕ چانہٕ شیٚنچہ گرہٕ تہٕ چھیم ژوٗرِ پانٛٹھی چانٛی شیٚنچہ وٕنی مژ ۔

ہا مُسافر! یہ چھُس نہٕ زانان زِ از کیاز چھ مےٚ بیٚیہٕ تھرتھرٕ لگیمژ ۔ مےٚ چھُ از دوہ نہٕ ژھوہ ماران ۔ مےٚ چھُ پِی زن باسان ۔

وونی چھُ مےٚ پی ترٲن زٕ کرٕ زِ کانٛہہ موکلاونُک ویلہٕ ووت ۔ مےٚ چھُ یِتھ واوِ گرایہٕ منٛز چانہٕ بینگ مُشکُ لوان ۔

---

# سَتہٕ تلجہ

ژٕمسن ثَراران ثراران گُپہ مِنٛے ساہرے راتھ ۔ کھوٚثران ژھُس زٕ یِتھنہٕ مِنٛے تھکِتھ ہیٚبہٕ گاش پھولنہٕ وزٕ نیٚنٛدرِ تہٕ یِتھنہٕ سُہ اَمی وزِ ہیٚیہٕ بےٚ شونکی پاٹھی میانِس برستَل ۔

میانہٕ یارو ! ژٕمی ہٕندِ خاطرٕ ثھوٚو زٕ بَردوٚ تھٕے یُتھنہٕ لوٚٹھ کرو ۔

یوٗد وٕے مِنٛے ژٕمی ہٕندِ دُبرایہٕ سِتی اَچھ یِنٛہٕ مژادنہٕ ۔ تہٕ یِتھ ہنہٕ مِنٛے وُزنادِپچ کوشش کرِو ۔ بٔہ ژھُسنہٕ جانادارن ہنٛدِس بُدل بوشِس تہٕ پٕریحاتہٕ چین داوٕ گرائن ہنٛدِس پٔتِس دِلیس مَنٛز نیٚنٛدرِ رود وَتھن ییٚژھان ۔ یوٗد وٕے میون دٕے ہیٚیہٕ بےٚ شونکی پاٹھی میانِس برستَل ، تو تہٕ گژھہ نہٕ مِنٛے نیٚنٛدرِ مَنٛز کانٛہہ کھل کرٕنۍ ۔

میانۍ ٹاسٹھ نیٚنٛدرِ ہیوٚن اَکھ خزانہٕ ۔ یہ میانۍ نیٚنٛدرِ ژھٹہٕ

ناجلی

تیلہٕ ہیٚلہٕ سٕہ میٚ اَتھہٕ لاگِ ۔

میٲنۍ واَچھو اَتھۍ تُلِتھ زلو تمہٕ ورِ پیٚتھۍ نالہِ تھوٚو ہیٚلہٕ پٮ۪ٹھہٕ
ہتیٚندرِ ہیٚشٕدرِس اَنہٕ گٕلِس منٛز سوٚ ہیٚنٛکۍ یا اَتھہٕ منٛزٕ ژروٚشہٕ کٔنہٕ ترٛاوِ اَمِس
مسارِ ڈےٚ گاشوٚ تہٕ سارِ ڈےٚ رٕنٛگو ژراوتہٕ گرٕژھن ہیٚشانہٕ اَچھہٕ تمہٕ سۭے
دُچھپہٕ ۔

میٲنِس اَنِدرِس آنٛٹدرِس گرٕژھہٕ تموٚ ستۍ دٕرِ تٲلۍ دٔچھن بٕتھٕ
نوٚن ہیرِ نہٕ دِیُن ۔ تہٕ ہیٚنٛمہٕ گرٕژھہِ میٚ اَنٛدرِم زان گرٕژھہِ تٔسۍ سٕنٛدۍ
گرٕھشہٕ دِیُن ۔

# اَرناچھ

ژَب ہوتُن جاناوارَن ہنٛدِ لول بوشہٕ سیتۍ گرزُن
وَتہٕ آسی دوٗشوَے طرفو پوش پھولان ۔ اوٚبرِ منٛز آسہٕ سوٗنہٕ
سٕنٛزٕ زٕرٛشہٕ نیران ۔

اُسی آسی یٚنٛیہٕ نس کارَس سنیمتی تہٕ اُسی ژرایے پٔنٕہ
وَتہٕ سیوٗزُرے ۔ اَسہِ رؤد نہٕ اورکُن دیانے ۔

اَسہِ نہٕ گیوُے تہٕ نہٕ گِنٛدُرے ۔ نہٕ گے اُسی گامَس
اَنٛدرَ یٔنٛزِ وَس یَدلاوٕنہٕ ۔ نہٕ گُرکانٛہہ کھتاہ ۔ نہٕ کور اُسنا
تہٕ ہٕ پٔراریہٕ وَتہٕ گنٛدٕ ۔ یِتھے دوہ اوس کھسان، اُسی
تہٕ آسی ہوان زورٕ زورٕ یکٕن ۔

یِس یِہ وَوت کلَس بیٹھ ۔ جاناوارچھ شہلس تَل
بِکرٕ وَٹہٕ ژامتی ۔ یَپہٕ وُتھ ہیتِن منٛدنِن کِس تَنٛتنہِ ہوٗس
منٛز ژھٹت نٕژنی ۔ گوڈٕ ہیوٚت گُی شہلس تَل

سوپُن وچھُس تہ کوٹھو زوہ لہ کرنہ۔ بہ اوسُس ژھیوہ ثمت تہ ناگہ بیٹھ ستھیزارس بیپٹھ ثراو بیٹے کھوروہر اوتھ لہ۔

سیانو ستی اجو تروو مے کُن وچھتہ ہشنا تہ کلہ تُلیتھ ژلی تیزی منز۔ سہ وژ تمو پوت پھیرتھ نظرے گورکھ کو شلے۔

دور گژھتھ گے تم نیٹلس نیش منز گاب۔ تمو ژُو سیٹھاہ بال تہ ماوان۔ تم واتی دور لوبن ویثن منز۔

# کُنٛژرٕ

ژٕ دُوٚتھکھ پَنٛنہِ تھَزجایہ پیٚٹھٕ لوٚن تہٕ میانہ پہَر ہیٚنٛدس مرسِ تل رٕوٗدکھ ووہ دینہ۔

بہٕ اوسُس کُنے زوٗن اَکِس کوٚچس منٛز گیوان زمیاّنی گیوٗن لہر بوزتھ ژٕ تے۔ ژٕ دوٚتھکھ لوٚن تہٕ میانہ پہَر ہیٚنٛدس برستَل روٗدکھ ووہ دینہ۔

چھانہٕ سَبھایہ منٛز چھ سٔبھاہ ٹھنٛڈی تہٕ جان گیوٗن واّل تہٕ تتھ چھ دفاے گیوٗن آسان۔ مگر مٕشیاوی اَکی لوکٕچ تہٕ ساد باَتن ویزِ لوٚوکھ ژٕ۔ میون یہ لوٚکُٹ تہٕ ساد باَتھ گوٚیہ زگیتہ کِس بڈِس باَتس ستی مسلتھ۔ ژٕ دوٚتھکھ لوٚن تہٕ الٕہ پوشہ مال ہیتھ رٕوٗدکھ مٕشیانہ پہار (پہَر) برس تل ووہ دینہ۔

# پَنٛژٕہ

بٕہ اوسُس گامہٕ کِن کوچَن مَنٛز گرٕ گرٕ بیچھان ۔ زِچون سوہ بَنہٕ سُنٛد رَتھ گوم شاہانہٕ سوہنکی پاٹھی نظر۔ بٕہ گوس رۆزِتھ زِ یہ رازَن ہُنٛد رازٕ کُس بَنا چھُ۔

میانی اَرمان تہٕ میانہٕ آشاپہٕ گیہ زِنٛدٕ تہٕ مے زون زِ میانی ناکارٕ دوہ ہوٚ کلیبی۔ بٕہ رُدُس رَتھ چِر لَرِہ مَنٛز ژھ پأٹھۍ دٕہرِتھ آہستین ویارَن ہُنٛز بہکھیارٕنہٕ خاطرٕ ژاررُن ۔

مےٚ نَش وأتِتھ ٹھہرِ لوٚدٕ رَتھ ، ژےٚ وُچھتھَس بٕہ تہٕ اسان اَسان ووٚدنھکھ لوٚدان۔ مےٚ باسیوٚ زِ میانہٕ زِنٛدگی ہُنٛد رَتی دوہ ہٲتِن ہیٚنی تہٕ ژےٚ کوٚرتھ پَنٕن وُچھُن اَتھہٕ تَرٕدٕنہٕ کُن تہٕ پرُژھتھم ۔ "اَن کیاہ چھےٚ۔"

وائے! یہ کیتھہ سا اَکھوٚن گوٚ زِ اَکِس ہیٚچھوٚنس تَرٕدٕنہٕ کِنہٕ بیچھنہٕ خاطرٕ کوٚرتھ ژےٚ اَتھہٕ تَرٕدٕنہٕ ۔ بٕہ گوس دوہ ان تہٕ ژوہن مَنٛز ہیوٚ گُم تہٕ کُنہٕ تہٕ گرتھ ۔ ژےٚ کوٚڈ ژینہٕ جولہٕ مَنٛز سارِے کھیترٕ لوٚکُٹ اَکھ پھول تہٕ دِتھمے ژٕ ییٚ گژھِہ دوہ لوسنہٕ وِزِ دِنی مےٚ پَنٕنی جَما تہٕ بٕہ گوس رۆزِتھ ہیٚلِہ ہےٚ اَتھ لوٚکُٹس اَنٛبرس مَنٛز وُچھ اَکھ سیٹھاہ نیک سونہٕ دانہٕ تہٕ ۔ مےٚ ووٚد باکہٕ تہٕ وُچھ ژٕ ییٚتھ دِژِم گرکھ۔" وائے! مےٚ کوٚنہٕ دِژوے ژےٚ سورُے پھوٚل۔"

# اَکہٕ وٕنٛزٕ

رٲژہٕ اوس بُنِن یِرِ تہٕ ژرٕ وُمُت تہٕ اَنہٕ گٹہٕ آس گامژٕ۔ اَسہٕ اُس پَننِس کامہِ ہوٗ کلیمٕژ۔ اَسہٕ زوٗن زِ ساریٖ چھ آمتیٖ تہٕ گامکیٖ ساریٖ بَرِچھ دِتھ۔ کانٛسہٕ کانٛسہٕ وٕنٛن زِ دَے تہٕ آسہٕ پکان۔ اَسہٕ ڈوٗ پکھ اَسان اَسان زِ" سہٕ کینہٕ!
یٔرس گٔیہٕ ٹھشرٲرے۔ اَسہٕ ڈوٗپ کینہہٕ چھُنہٕ۔ یہٕ چھُ واوُک صدا۔
اَسہٕ ژُھن ژوٗنگ ژھیتہٕ کُرِتھ تہٕ ژرٲو لَرِ۔ کٲمی تانیٖ وٕنٛن زِ یہٕ چھُ کُس تام شینٛچھ ہیٚتھ آمُت۔ مگر اَسہٕ ژرٕ وُ اُساہ تہٕ ڈوٗپ، "نَسہٕ یہٕ چھُ واو کران"۔

نِسب رٲژ گوٚبِیہٕ ٹھُس ٹھُس نینٛدرِ منٛز ڈوٗپ اَسہٕ یہٕ چھ گگرٲے گرژھان۔ بتراتہٕ کانٛبییہٕ۔ لبن گٔیہٕ اُلدرٲے تہٕ اَسہٕ گوٚنیٚشٕ رِکھینٛچل۔ کانٛسہٕ کانٛسہٕ وٕنٛن زِ یہٕ چھُ رَنٛتھ کِہن ہکرِتھ ہُنز آواز۔ اَسہٕ ڈوٗ نینٛدرِ منٛزرے زِ" نَسہٕ یہٕ آسہٕ گگرٲے گرژھان۔

وُنہٕ آس اَنہٕ گٹے زِ گُروٗ اَیکھ تہٕ گرکھ گٔیہٕ "نینٛدرِ وُٹھو۔ ژیرہٕ مہٕ کرِو۔ اَسہٕ وٕژ دوشوے اَتھو وٕچھس تھٔپ۔ اُسی کھوٚژی تہٕ تھرژایہٕ۔
کٲمی تانیٖ وٕنٛن زِ" وُچھو یہٕ چھ دَیہٕ سُنٛزِ الم۔ اُسی گٔے تِتھے ٹھوٗد ڈیٚتھ تہٕ وِژ کرِلکہٕ۔" وونی چھنہٕ ژیرہٕ کرُنک ویلہٕ۔
وَے ییوٕ واتِتھ۔ مگر گیوٗژ آنٛگی لَتہٕ چھُ؟ پوشہٕ مالہٕ کَتہٕ چھُ؟ تُمس کرٕ گَتہٕ چھ جاے شییرِتھ۔" وارے! یہٕ کرِتھ وبگھرٕ کُتھ چھُ۔ نہٕ کُنہٕ

تس کیت آسن۔ نہ کنہہ تیاری ۔ کمی تاۍ وون۔" ووہ ژ کمیاہ نیر ودنہ
منز ۔ وۄتھو ژھرِ وے اکھو ہیرِ پۄس برونٹھ تہ پتہ نس ژھری سے
گیس منز ژاٹیون۔ دارِ پتہ ژرادو بیلہ۔ تہ باجہ وآلو یتھ گنڈِ پچھ
راتھ منز چھہ سانہ ژھرِ تہ انہ گنڈِ گرک خانہ دار آمت۔"

ہنہ گرن چھہ گژھان ۔ وزملہ چھہ انہ گٹس
تیر کھاران ۔ ژھیو نمت وتھرِ نۍ پلو ژراوین
آنگنس منز دیہرِ تھ ۔ سون دے چھہ کھوژِ ونہ
راژ سلتی طفاناہ ہیتھ بے شونگی پاپھی آمت

# دُونٛزٕ

مےٚ چھِ دِلَس وۄنہٕ دوٚکھ گاٚمتٕ زٕ لوٚسہٕ ژےٚ گوٗلاب مال ناگٲ چھِ، یہٕ مُشکھے بہٕ۔ مگر دِنہٕ یے وُتھم نہٕ۔ مےٚ روٗز صُبحن تام یہٕ آش زٕمیٖلہٕ ژٕ ہیٚرکھ ہچانس وَتھرنس پیٚٹھ لَبکھ بہٕ کیٚہہ پوش صُبحس ژھانڈِ مےٚ اَکس پیٚچھ وٕنی بیٚنٛدِ پٲٹھۍ۔ مگر اَکھ زٕ وُتھرلیم۔

وائے! مےٚ کیٚاہ لوٚب یہ۔ کیٚاہ ژےٚ ترٛووتھا بیٚنہٕ پیٚنہٕ لوٗلک یوٗ ہے نِشانہٕ پیٚتھکُن؟ نہٕ چھُ یہٕ پوش۔ نہٕ چھُ یہٕ جان مُشک۔ یہٕ چھِ نارٕ ژھٹہٕ بیٚندِ پٲٹھۍ اَکھ تیز تلوار اَکھ۔ سنگرمالہٕ پھولینہٕ وِز ژاو دارِ کنی گاش ہچانس وَتھرنس پیٚٹھ۔ جانان وارُد ہیٚوت لول بوٗش کرُن تہٕ ژٕ زٕ ہم ہے بٲگی ژےٚ کیٚاہ لوٚبتھ۔ نہٕ چھُ یہٕ پوش، نہٕ چھُ جان مُشکاہ کانہہ۔ یہٕ چھُ اَکھ تیز تلوار اَکھ۔

روزٕنتھ گژھتھ چھس ژٕ نتھ دوان۔ زٕ یہ گژھ جانٛی دائی چھُ۔ کیٚتھ پٲٹھۍ تھوٚو یہ لٹھیتھ۔ بہٕ چھُس یہٕ اَتھس کیٚتھ رٹتھ تہٕ وایہٕ کران، کیٚاز بہٕ چھُس نہٕ ہیٚکان۔ یوٗد

بہ رٹن یہ نالہٕ تہٕ میٚ چھ چھوکھ لگان - تو تہٕ لٲلہٕ ناوُن
بہٕ اَمہٕ چھو کیٚنہٕ وَگ - کیاز یہٕ چھم چانیٚ اَکھ ڈالی - اَزیکہ
بروٚنہہٕ کُن روزِہ میٚے کانہہ کھوژُن ییتھ زگتس اَندر
ہیاٚلس حکھنس اَندرَ زینکھ ژےٚ - ژےٚ چھُکھ مَرِتھ
تُ پیاٚیہ ہیوٚن سٕتی لوج بنو مُت - پَتنہٕ زِندگی ہُنٛد
تاج ہُمہٕ اَمس کلس بیٚٹھ - چانیٚ تلوار چھہٕ میٚے لَتُش ساری
گنٛڈ ژٹنہٕ بابیتھ - وۄنی کھوژنہٕ بہٕ کانٛسہٕ تہٕ ییتھ
سمسارس اَندر -

اَزیکہ ییٚتھ ژھنکھ بہٕ ساری گہنہٕ تراوِتھ -

میانہٕ ماٛلِکھ ! وۄنی چھُنہٕ میٚے کُنہہ بخشش مَنزَ بہتھ
وَڈنگ تہٕ پرارنکُ حاجت - میٚے چھُنہٕ ہراس کرُن تہٕ
سَندِ چھُن فضوٗل - ژےٚ چھکھ میٚے وۄنی پننی تلوار گہنہٕ
کَنہٕ لاگنہٕ بابیتھ وَرژِتھ -

# ژرونژہ

چانٛی باوٕڑی چھ سوٚنٛدر۔ تِمن چھ ساسہ بدٕ رنگ بارنٛگی لال، تہٕ جواہر جٔڑِتھ۔ مگر مے چھ چانٛی وٕزملہ ہِش سوٚنہٕ سِندِس جامادارِس ہِندٕ ن یِکھن ہِش تہٕ دوٗدہ لوٗسنہٕ کِس خشمہٕ ہِتِس وونٕ جارٕس مٔنز رنگِتھ یہ چانٛی تلوارٕ سوٚنٛدر باسان۔

یہ چھ مرٕ ننہ بیٲلہٕ کہ یِتیٖ مہٕ دانٛمک چھوکھ لگِتھ یِتیٖ مہٕ شہ کھسہ وسہ ہٕنٛدی پانٛٹھی کانٛشپان۔ یہٕ چھِس تَس اِنسانہٕ سِنٛز ہیٚمی یِنٛنہ اکہٕ نارٕ ژھٹہ سِتیٖ سارِنے یِنٛنہ نِیٚن ارمانن تہٕ خابن سوٗر کورٕمُت چھُ آسان۔ شود رٕیٛہ ہِش ژرٕزلان۔

چانٛی باوٕڑی چھ سوٚنٛدر۔ تِمن چھ تارکن ہِنٛدی ہوی لال جٔڑِتھ، مگر ہی انٛدازٕ! یہ چانٛی تلوار چھ سیٹھاہ سوٚنٛدر۔ یٚمی کہ درشنہٕ سِتیٖ یا زوٗنٕ یوت گژھنہٕ سِتیٖ چھ کھوٗژن یوان۔

—·—

# ژُونژہ

نہ موٗنگمے مےٚ ژٕرے کینٛہہ تہٕ نہ ووٗتھمے کیا چھُ ناو۔ بییلہٕ ژٕ دٕراکھ، بہٕ روٗدُس ژھوپہٕ، دَم گرتھ استادٕ۔ بہٕ اوسُس کریس نشہٕ گُنٛے زوٗن۔ تہٕ تتہٕ اوس کلیاک شُہُل تہٕ پوان ہوٗل ہوٗل۔ اَتہٕ آسہٕ ساریی زنانہٕ پَنٛنہٕ نٮ۪ن گرن گامژٕ۔

ژموکور مےٚ آلو تہٕ بڈٕ ووتھم، "اَسہٕ سیتی یکھ۔" دوہ ہیوٚتُن لوسُن۔ مگر بہٕ گوس تتی نٮ۪پے روزتھ۔ مےٚ لوز نہٕ چانہٕ ہنٛز ویرائے تہٕ۔ بییلہٕ ژٕ اوسکھ مےٚ وچھان ژٕ اوسکھ سیٹھاہ اُداسی زن۔ ژےٚ ووٚنتھ تھکتھ لوٚتی پاٹھو ہتہٕ سائبہ چھُس ژٕریشہٕ ہوٚت مسافر۔ بہٕ اوسُس پَنٛنہٕ نٮ۪ن ہاری ساتن سَنیومُت۔ بہٕ گوس چون آلو بوزتھ روزتھ، تہٕ پَنٛنہٕ بانہٕ منٛز ترٛاوِے چانہٕ دوہ ژھہ منٛز ژٕریش۔ پیٹھٕ ہیٚشر ہینہٕ بہٕ گوس وسرائے کرٕنی، تہٕ کیاہ ژٕ تاذٕ ہوٚت اَنہٕ گٹٕس منٛزٕ ے کلکہٕ گوگو کرن تہٕ وتہٕ کنٛز آپہٕ پوشن ہنٛز مُشکنٕ انبر۔

بییلہٕ ژےٚ مےٚ پٕرٕژھتھ ناو۔ مےٚ گٕر ژھوپہٕ۔ یمٕزٕ پاٹھی مےٚ کیاہ کوٚر چانہٕ خاطرٕ۔ ہیٚتھ ژٕ مےٚ مُشراوِتھ نہٕ۔ مگر مےٚ روزٕ یہ یاد پے زٕ مےٚ چاوٕ نا دیوکھ ژٕ ژٕریش۔ مےٚ مشہٕ نہٕ یہ زانٕہہ تہٕ امیک موٗد ریہ ہرٕ۔ مگر دوہ نی ڈوٚل دوہ تہٕ جانا وار وہوٚت لوہ تہٕ لوہ تہٕ جرہ جرہ کرُن۔ بہٕ چھُس ینہٕ کُلِس تل بہتھ سَنٛتھ گومت۔

# پانژہٕ وٕنژہ

ژٕ رٕ چھُ وُنِد آژھ بُرتھ تہٕ اچھ چھےٚ نہٕ وُنہٕ نیٚنڈر سیتیٖ مُتر نےٚ لیوان۔ کیا ژٕرےٚ چھُت نا لُوزمُت زٕ گونٛڈ چھُہ پوشتس سیتیٖ سیتیٖ روزتھ راج تہٕ تاج گران۔ " ہیوٚ گرٛتھ وُز ناوُن۔ ویلہٕ مہٕ راوراو۔ کھمبرہٕ لوٚ بُرتھ وتہٕ پنٛدس اتھس پیٹھ بیٖہ بیٚتیس ویشس مُژ یتہٕ نہٕ بیٚیہ کانٛہہ تہٕ روزان چھُہ، یون بالہٕ یار گیےٚ زوٚن روزتھ۔ یتھنہٕ تمس ژھل گرکھ گرٛتھ وُزناوُن۔ "

یوٚد وےٚ سنٛدس تاپہ کرایہٕ سیتیٖ تب تپہ تہٕ ژھرتہٕ ژھرٹ کرتہٕ تیٚلہٕ کیا۔

یوٚد وےٚ سکھ تنتہٕ تہٕ ترٛیشہٕ ترٛیشہٕ کرتہٕ تیٚلہٕ کیا۔ کیا ژٕ ژھےٚ نا وُنٛدس سوکھ۔ کیا چانٛس اکِس اکِس پدس پیٹھ وزناو تہٕ ہیٚنٛد رباب چانہٕ یار دادکہٕ موٚدر لیہٕ سنٛتھ

# شۆنٛزٕ

ژٕ چھکھ میٚ پیٛٹھٕ اَز سیٛٹھاہ خوش۔ تمی چھکھ ژٕ پیٛٹھٕ ژھَز جایہِ پیٛٹھٕ لوٗن وُسِتھ میٚ نِش آمُت۔ سارِی زٕگتہٕ کٕساَمیہ! یود وَے بہٕ آسہٕ ہے نہٕ۔ چوٗن لول کتہٕ آسہٕ ہے۔

ژےٚ ما چھُتھَس بہٕ سأری سے عیش تہٕ عشرتَس بیال تھوٗومُت ہیٚئَنس وۄنٛدَس منٛز چھُہ چوٗن سوکھ گرایہِ ماران۔ بیانہٕ زِندگی منٛز چھہ پائی یِتھہِ زٕہے لوٗی لوٗی رٕیِف داران۔

ہی راژَن ہشٕ رازہٕ! تمی چھُتھ ژےٚ میوٗن وۄنٛدٕ پانَس کُن گنٛڈنہٕ یا اَتھ بنُن یان سیٛٹھاہ سو شنٛدرٕ ہیوٗمُت تہٕ تمی چھُہ چوٗن لول ہیٚئَنس لوَس منٛز رٕلیومُت تہٕ اُتی نِتھےٚ چھہ دۄ شوٗنی ہنٛدس کُنےٚ گرٕزھان منٛز چوٗن دَرشُن سَپدٕ لیومُت۔

———

# سَتوٗنزہ

گاشہِ! میٖانہِ گاشہِ!! سارِی زُگتِکہِ گاشہِ!!! میٖانِس
اُچھن ہِنٛدِ گاشہِ!!!! میٖانہِ وۄنٛدِکہِ گاشہ!

گاشہِ!

میٖانہِ دِلبر گاشہِ! گاش چھُہ میٖانِس وۄنٛدِکِس آنگنَس مَنٛز نژان
تہِ سُے چھُہ میٖانہِ لوٗلک ربابہِ وایان۔ تمی سٟتی چھُہ ہَنٛبَس مَنٛز تہِ
زِنٛدگی۔ داو چھُہ تیزی سان پکان تہِ سارے بُتراتھ چھہ ٹھٹھالہِ
ماران۔

گاشہِ کِس سُدرس مَنٛز چھہ ہَپہِ پوٗنپری زال وہران۔ گاشہِ چینے
زِھٹَن پیٹھہِ چھہ پمپوش تہِ مالتی پوش زھوہ ماران۔ میٖانہِ
ٹاٹھہِ! گاشہِ چہِ زٟنہِ چھہ اوٗبرس پیٹھہ پیٹھہ سوہِ سُنٛد اُلف
داران تہِ سایہِ بَدی لال تہِ جواہِر آکاشَس پیٹھہ چھکراوان۔

میٖانہِ زُوِ کھوتہِ ٹاٹھہ! پٟرتھ ہَنہِ وُتھرَس چھُہ سوکھ تہِ زھوہ
چھُہ ماران۔ گنگابہ تہِ چھُہ ہُٹس پوٗنی کھوٗرُت، تہِ سوٗ کُھک
دِیپ چھُہ آمرت دِتھ۔

# اَرٕونٛزٕ

تَمہٕ سوٗ کھٲکی سٲری سوٗر گرٛٹھَن مثٲنِن اُنٛدرِ ہِن
بأتَن سِتۍ زَلنہٕ ۔ یِمّہٕ سوٗ کھہٕ کرِ زورٕ چھُ یتھ بۄنٛٹرٲشہٕ تہٕ سبزار
کھٔسِتھ پیوان ۔ اَن دوٗہ پدان ہُیِن ہیٚتہٕ زِندگی تہٕ موتَس
چھُ یتھ سمسارَس مَنٛز نَژناوان ۔ یُس طُفان بٲنتھ چھ پیوان
تہٕ پَنٛژنہٕ ٹھہہٕ ٹھہہٕ کرِتھ اَسنہٕ سِتۍ سٲری ہے سَمسارَس
اُلراوان تہٕ وُزناوان تہٕ یُس دوٗکھ کُس پھٲلی ہتِس پھوٚشَس
پیٚیٹھ لوٗتی پاٹھۍ بِنَن اوٗش ہیتھ ہِتھ تہٕ یُس دوٗہے چھُ
سہٕ اوٗشَس لرِتھ مَنٛز ثراوان ، تہٕ
زیٚلو چھینہٕ اکھ کنٛتھ تہٕ گڈان ۔

—·—

# کُنہٕ ہأٹھ

اَو میٚشانہٕ ہاٹھہٕ ! بہٕ چھُس نہٕ زانان زِ لیٚس ہمیٚن
ہیٚنہٕ وُتھرٕن بیٚیٹھ چھُ یہِ سوٚنہٕ سُند گاش زٕ ژٕ ژراوان
یِم نٔبس بیٚیٹھ اوٚبرٕ لَنٛگ چھِ پھیران تہٕ میٚیأنِس
ڈیٚکس شہجار پھیرٕن وول یہِ صُبحُک واو ۔ یہِ سورُے
چھُ لَبن چُھ نے لول ۔

صُبحٕکۍ واوَن چھِ میٚیأنۍ ہأری برٕتھ اَنۍ ہیتۍ (دانشہٕ
سلیتۍ) یہِ چھِ میٚشانہٕ خاطرٕ چأنۍ اَکھ جان شیٚچھ
اَکھ ۔ ژٕ پھیرِتھ ہیٚۍ کُن پَنُن ہیتھ ۔ میٚشانٕن اَچھَن
سلیتۍ رٔلیتھ پَنٕنۍ اَچھ ، تہٕ میٚیأنۍ دِہ نِدلن
لوگ چأنۍ یادٕن اَتھہٕ

—— • ——

# شیٹھ

یتھ اَنیک سَمسارٕ سُدرٕ ہٹس بیٹھ چھ شُری اکوٹہ گنڈان۔ بیٹھ چُھک زِلوٹھ شانٹ نَب، تہ بیہ چھ ژھرہ ژھرٹ کرُون سُدرُک پونی کرِبکہ ناد تلان۔ یتھ زیچھس سَمسارٕ سُدرٕ ہٹس بیٹھ چھ شُری اکہِ وٹہ کرِبکہ دوان تہ گنڈان۔

تم چھ سیکہ ہندی گرٕ بناوان تہ ژھرین شیشکھن سیتی گنڈان۔ ہو کھین ہیتو نبرٕ گَن ہنز ناد بناوتھ چھ تم اَسان تہ تمن ناوَن پانس منز اپہ ناوان۔ شُری چھ پیھے پاٹھی سَمسارٕ سُدرٕ ہٹس بیٹھ گنڈان آسان۔

ژھانٹ وانیج تہ زال ژراوُن چھنہ تم زانان۔ ڈُنگل چھ موختہ کھارنہ بایتھ ڈُنگ دوان۔ باپارِی چھ جہازن کِھتھ سفر کران۔ مگر شُری چھ کنتر سومبران تہ بیہ ژراوتھ ژھنان۔ تم چھنہ کھٹنہ موختہ ژھانڈان۔ تم چھنہ زانان ژراوُن زانان

سُدرچھُ آسان گِتھ دوان تہٕ ہُٹس پیٹھ چھُ
لیٚدریرٕ گاہ ژٕراوان۔ مُری ژُن پیالہٕ ہتھ پان ژٕھٹن ہیٚند
گرکہٕ ناد چھہ سٔری ماجہٕ ہیٚند ہوہو کرنکی پاٹھی بے مطلب زاناں۔
سُدرچھ شُرین کھین دوان تہٕ ہُٹس
پیٹھ چھُ لیٚدریرٕ گاہ ژٕراوان۔

ہیتھس زٔہٹس سمسار۔ سُدرٕ ہُٹس پیٹھ چھ شُری اکوٹہٕ
سمیمتی۔ نمبس پیٹھ ہیتہٕ کانٛہہ وٕتھے چھہ، چھ بوڈ طفان
دوٗکھمُت۔

وٕتہٕ ڈٔلی ہیتس پانس منٛز چھہ جہاز غاب گژھان۔
ژوٕ پارٕ چھ موت ژھالہٕ ماران۔ مگر سٔری گٔژھ نِسے سٔمیمتی
یِتھ زیٹھس سمسارٕ سُدرٕ ہُٹس پیٹھ چھ شُرین ہُند میلاہ
زنٛ لوگمُت۔

# اَکہٕ آٹھ

کیا کانسہٕ چھا خبر زِ شُرِ سِتنز اُچھن منز کیاز چھ نیندر یوان۔
لُکن ہُنز زِیُو چھ بوزمُت زِ اَکس گُلس وَنس منز باگ چھ نیندرِ ہُند
گرِ اَکس پُرِ یُن ہُندرِس وِلیشس منز۔ یِیتہِ زَن گاشہِ کیمس ہُند گوٹ
گاش چھ رَوزان تہٕ یِیتہِ جودُ گارُن ہُندی زِ لُوری چھ اویزان۔ اتی پیٹھہِ
چھ یہِ نیندرِ یوان یمن لوکٹن شُرِن ٹکس میوٹھاہ کرِنہٕ۔

کیٖا کانسہٕ چھا خبر زِ یُس شُر نیندرِ منز یالِس سیتی اسان چھ سہ اُسن
کتہٕ چھ یوان؟ اوِ۔ لُکن ہُنز زِیُو چھ بوزمُت زِ دوہ یہ ہُندرِ ژُندرِچ اَکھ زُژ
اَکھِج اَکس زُلہِ وِنس ہردِ اوبرِ لنگس سیتی تہٕ تتی تمی وِزِ ہردِ ژِر بہاتُس آدیہ
شُرِ وُشِند نیندرِ منز اُسن زُمس۔

کیٖا کانسہٕ چھا خبر زِ اوس شُرِس کتہٕ چھ یمن آولی تہٕ زاولٕ اُنگن تہٕ شُوب
تہٕ یہ رنگ نون نیران۔ یہ کتہٕ چھ آسان وُنِیک نام زِ پیچھ دِسھ۔ اوِ ابِیلہٕ
ہاج اُس لوکٹ تہٕ تیلہٕ اُس یہ شُوب تہٕ رنگ اَکھ گُھٹہ بیرِ کَتھ۔ آدیل
لول ینتھ تیندِس وِچھس منز گتھ تہٕ یوہے آدیل رنگ چھ شُرِ ہندِس
اُنگن منز پھٹتھ دِرامُت۔

# وُہاٗٹھ

ہیاٗنہِ لوٗکٹہٕ اِبیٚلہٕ بہٕ چانہِ خاطرٕ رٕنگ بہٕ رٕنگی چھانچھ پوٗژ تہٕ ٹوٗکنہِ
اَمان چھُس تہٕ تمہِ وزٕ چھُ مےٚ تَرَان فِکرِ زِ یتھ اوٚبرَس کیٛاز چھ داریاہ
رٕنگ ۔ پاں ژھٔٹن تہٕ پاں ژادرَن منٛز کیتھ پاٗٹھ چھ رٕنگ بارٕنگی
رٕکھہٕ نپہٕ نپہٕ کران ۔ تہٕ یمَن پوشن تہٕ پنہٕ وتھرَن کیٛاز چھ ایت رٕنگ

میاٗنہِ لوٚکٹہٕ اِبیٚلہٕ بہٕ باٗتھ گبوان گبوان ژٕ ژٕتناوان چھُستھ
تیٚلہِ چھُ مےٚ پنٕنی پاٗٹھی فکرِ ترَان زِ یمَن پنٕنہِ وتھرَن کتہٕ چھُ یہ گبوَن لُہر لوان
تہٕ زِگتہٕ کین داو دِتھ لوٗزَن والین کیتھ پاٗٹھی چھُ سٔدرٕ چین لہرَن منٛز
دارِ یاہِ رٕگِن تہٕ سوہ رٕن ہُنٛد سوز لوان ۔

میاٗنہِ لوٚکٹہٕ اِبیٚلہٕ بہٕ چھُس چانین تنٛہ میٛہٕ بیتن اَتھٕ
پھِلین کھنٛڈٕ پھلین پلہِ ناوان تہٕ تیٚلہِ چھُ مےٚ عقلہِ ترَان زِ پوشَس
منٛز کیاز چھُ ماچھ تہٕ میوَن اَندرٕ کیتھ پاٗٹھی چھُ موٚد زیر گُھٹتھ ۔

میاٗنہِ ٹاٹھہِ اِبیٚلہٕ بہٕ ژٕرےٚ اَسہِ ناوُنہٕ خاطرٕ تُرےٚ چھُپےٚ میوٹھاہ
کران تہٕ تمہِ وزٕ چھُ مےٚ تہٕ فکرِ ترَان تہٕ یژھ یہاں زِ سہٕ کُس سَناسوکھ
چھُ یُس زَن نبہٕ پیٹھٕ سنٛگرمالہِ پھوٗنٛس سیتی سیتی وسان چھُ ، تہٕ
سُہ کُس سَنا آننٛد چھُ یُس سوٗشتہٕ کالُک واو میاٗنِس پاٗنَس منٛزٕ یران
چھُ ۔

# ژٕراٹھ

ژٕرٛے کرٕناوِتھ ہیٚے تِمَن یارَن سٟتی زان یِم نہٕ بٕ زانہٕ ہیٚکھے
ژٕرٛے ہیٚہنو وِتھس بٕ تِمَن گرَن اَنٛدرٕ یِم نہٕ میٚ آئی آسی ۔ ژٕرٛے ہنو وتھ ،
(میٚانہٕ خاطرٕ) دوٗر تہٕ لیوٚنٹھ تہٕ دوہ پَر ہنوُوتھ بوے ۔

بیٚلہٕ میٚے پَنٕنۍ وُیزٕ جابے چھِ پیوان ژٕراوُنۍ تہٕ میٚے چھُ تِمہٕ وِزِ کیٚشا
تام گَژھان ۔ میٚے چھُ یہِ مَشان زِ اَما توٚسِ مَنٛز چھُ ژٕروُنے لوٚن تہٕ ژٕہا جھَلکھ تتی ۔

میٚانہٕ سٟتی باجہٕ ! میٚانِس سَفرس چھُنہٕ اَنٛتھے یتھ دلیٖشس
یا بیٚلیِس دٟشس مَنٛز لوٚت لوٚت ژٕ میٚے زٕمیٚتھہٕ مُرِتھ نوِان چھُکھ تِیتھہٕ چھُکھ ژٕ
میٚے اَن زانَن سٟتی (زان کرٕناوِتھ) میوٚن دوہ نٕدرٕ اَنٛدرٕ رِہ سو کِہ چھیوٚ تارٕ سٟتی
گَنٛڈِتھ تھوان ۔

بیٚلہٕ ژٕرٛے کانہہ اَکھاہ پَرٕ زٕناوان چھُے تیٚلہٕ چھُنہٕ تِمس کانہہ تہٕ
دوہ پَرٕ یاسان ۔ تِمس کِتہ چھِ سٲری بَرٕ وِتھی آسان ۔
میٚانہٕ دٟیہٕ ! میٚانۍ یہِ زٲری ماننہٕ زِ میٚے گوٚژھہٕ یتھ سٲری سیے
مَنٛز گِنزٕ باسُن نہٕ گوٚژھس اَنٛدرٕ یُم سو کِہ تُلُن ۔

# ژٕہآٹھ

کوٚلہِ ہٕٹھس ہیٚتھ ییٚتہِ ہنہ کاہہ اوس۔ گاسہ
وَنَس مَنٛز پٕرزھ مێ تِمس" دیوی ! ژٕ کوٚت چھکھ گژھان
لوٚکچہ تِل یہ ژوٚنگ ہیتھ۔ میٚانہِ گرِ چھینہِ کاہہ تہِ ہیٚیہ
چھُتتہِ انہ گوٚٹ۔ پَنُن یہ ژوٚنگ دِتن مێ۔" تِمہ تِچہ
بَنِتہ اُچھ تھوٚدتہِ مێ کُن ژراون نَظراہ تہِ دوٚپُن۔
"یُیلہِ سرِ یہ لوسہِ۔ تِمہ وزِ چھُ مێ یہ پَنُن ژوٚنگ کوٚلہِ
ہٕٹھ ہیٚٹھی پان گِتھس آلوٚتھ ژراوُن۔" یہِ رٕدُس
تھدِس گاسَس مَنٛز کُنہ زوٚن دوہ دِنہ ژانٛگی رٔٹ ہِ وُچھان
تہِ سۄمے راوِ ران۔

ژوٚپارِ اوس دِم تہِ اَنہِ گوٚٹ اوس سِٹھاہ
مێ پٕرزھ تَس۔ "دیوی ! ییٚلہِ ژٕ چھُتھ گرِ ژانٛگی زالہِ آمٕتۍ
تہِ یہ ژوٚنگ ہیتھ کوٚت چھکھ ژٕ گژھان بیٚمِیانہِ گرِ چھُ
نہ گاشی تہِ تتہ کھوٚژن لوان۔ پَنُن یہ ژوٚنگ دِتن مێ
تِمہ تِچہ بَنِتہ کرِ ہینہ اُچھ تھوٚد، تہِ شکس مَنٛز گیہ روٚزِتھ

مےٚ کُن ژٲوِن بیٚیہ نظرہ تہٕ پھیرتھ ووٚنُن، "مےٚ چھُ
یہِ ژوٚنگ نُبس آکہٕ ووٚن۔"

گٹہٕ ہاوَسہٕ ہِنٛز ہیب رٲژ پژرُژھ مےٚ تمِس
دُلوی! پَتھٕ نِس وُچھس سٕتی تھوٚتھ یہِ ژوٚنگ ہیتھ
کَس چھکھ ژٕ ژھانڈنہٕ ڈرامِژ۔ میانہٕ گرٕ چھُ انہٕ گوٚٹ
تہٕ کھوژن لوان۔ یَپن ژوٚنگ دِتہٕ مےٚ۔

ژھیاتھ دِژِن تہٕ اَنہٕ گٹ بیے مَنزٕ لج مےٚ ہتھ
ہتھ وُچھنہٕ۔ تمہٕ ووٚن پھیرتھ۔ "بہٕ چھُس یہِ ژوٚنگ
بیٚییس ژانٛگِس سٕتی تھوَنہٕ آمژ۔"

بہٕ روٗدس تمی سٕندِ لوکٹہٕ ژانٛگیک گاش
بیٚیَن ژانٛگَن گاشَن سٕتی میلتھ گژھن وُچھنہٕ تہٕ
راوِ روٗدُم پَنُن سُمے۔

—·—

# پانژٕہ پاٹھ

سیانہٕ وٕیہ اِمیانہٕ زٕندگی ہِنٛد یُہ تہٕ کھاسہٕ
منٛزٕ کُس تھوٚد دام چھُکھ ژٕ یَژھان پٕرِیوٚن ۔

سیانہٕ گوٚنہٕ ماتہٕ! ژٕ سٕے کیٚاہ چھُے لوٚڈھ ہیاو
اَچھُو کٕنِہ یہ زَگَتھ وُچھُن ، تہٕ سیانِن کٕہنہٕ بَرَن ہیٚچھ
روزٕتھ ژھوپہ دَم کرِتھ یُنُن لیشہ وُن تہٕ اِدٕرٕ وُن
گٕیوٚن لوٚزُن کیٚاز چھُے ژٕ سٕے لیوٚت لوٚڈھ ۔

چانہٕ زَگتہٕ ہیتی چھُ سیانِس وٕد ندٕس منٛز باتھ
وُزان تہٕ سوکھٕ ہیتی چھُ تِلیتھ گیوٚن بٔنان ۔ ژٕچھُکھ
لولہٕ ہووٚت بٕنِتھ ہیُن پان سیٚہ وِدان تہٕ میٚنی منٛز چھُے
ژٕ سٕے تھوٚد سوکھٕ تہٕ آنند باسان ۔

# ثہاٹھ

یوسہٕ دوہ لوسنہٕ کِس دوہ زِجارِس مَنٛز میانِس دوہ نَدَس اَنٛدر
دوہ ہے بوزنہٕ چھ پوان تہٕ ییٚمہٕ سَنگرمالہٕ پھولنہٕ کِس گاشَس منٛز تہٕ
نوٗرُکہ تھوٗد ظُلمَت چھُ میانہٕ دَپہ! سوے آسے تژے میون پنٕنیم باتھ
بنتھ پنٕتم ڈالی۔

وَنہٕ نہٕ سٕتی آپہٕ نہٕ سو دنہٕ نہٕ تہٕ زارِ پارِ سٕتی تہٕ موٗن نہٕ
تَمہٕ۔

میے تھوٗسو دوہ نَدَس منٛز تہٕ پھیورُس سیٹھَن دلیشن تہٕ دیشاین
تہٕ سوے روٗز میانہٕ زِندگی ہنٛز کھسہٕ وَسہٕ ہُنٛد تہٕ لَسُنک تہٕ ہرنک ژُک ہیتھ
تَمہٕ کوٗرراج میانین حُبابَن پیٹھ میانِس کارس تہٕ ولوہارَس
پیٹھ میانہٕ نیٚندرِ تہٕ میانین سوپنَن پیٹھ ہگر یانہٕ روٗت بیوٗن
تہٕ کوٗنہٕ تہٕ کیول۔

وارِ یہو گرمیانِس بَرَس ٹھسرِ ے تہٕ پُرژَھم تَمی سُنٛد ہگر
نبرانش گژھتھ گیہ پھیرتھ۔

ییتھ سَمسارس اَنٛدر چھنہٕ کانہہ تہٕ ییمی زَن سو وُچھم آسہٕ سو
روٗز میانِس دوپس کِنی ژُنی پرارِ وِنی۔

# ستہٕ ہٲٹھ

ژےٚ چھکھ نَب تہٕ ژےٚ چھکھ اول تہٕ ۔

ہے ہُنٛدبانہٕ! اچاًنی لولن چھُ یہ آتما واریاہن رنٛگن تہٕ واریاہن باتن تہٕ واریاہن مُشکن ہنٛدِس زالس منٛز پھسہٕ رووُمُت ۔

ہیپارٕ چھُ پرٕبھات پیتنہٕ لس دُچھیلس اتھس کیتہٕ سوٚنہٕ سنٛدِس تھالس منٛز سوٚندر تہٕ شوبہٕ دار پوشہٕ مال ہیتھ بتر اژنٲگی ژھینہٕ خاطرٕ لوان ۔

ہُپارٕ چھُ سنٛدھیا وَختہٕ چھمہٕ کنہٕ سندرٕ بلیچھ سوٚنہٕ سنٛدِس بالتومنٛز شہُل تہٕ خوش یوٗن ہوا ژموٗ ونو کنہٕ ہیپارٕ تہٕ کاٲنسہٕ ہنٛدِ پلنٛگس کانٛہہ ونتہٕ یوٗداہ چھُ لوان تہٕ ژمن مرگن اندرٕ یمن دوٚہس چارو ائیو کاسہٕ کھدِتھ موٗ کلووُمُت آسان پھالان ۔

مگر ژٕ تتہٕ بیٚیتہٕ یہٕ زٕلوٚٹھ تہٕ آتما چھ وُچھہٕ خاطرٕ پھاًلیوُمُت چھُ چھُ نوٗن تہٕ پرٕوٗن گاشس راج کران ۔ تتہٕ نہٕ چھ راتھ، نہٕ دوہ ۔ نہٕ رنٛگ تہٕ نہٕ ریٖف ۔ تتہٕ چھنہٕ الکھ کتھ تہٕ ۔

—.—

# اَرِہاٹھ

چانہٕ سرِ بہٕ زٕژِ چھہ پَتھٕ نَرِ مُترِتھ مشانہٕ یَتھ بُتر اٟترٕ ییٚٹھ
پِوان تہٕ مسیٲنٕس بَرِس ییٚٹھ ہیوٚن اوٚش، مشانٕی بٲتھ تہٕ
ہیوٚن جوش اوٚبرٕ لَنٛگ بُنٛتھہٕ چانِہ پادَن تَل واتہٕ نادسٕہ
خاطرٕ زوٚہس ٹرٕپران آسان ۔

ژُ چھُکھ لولہٕ تہٕ اَنٛدرِ مٕسوٗ لَکھ سٕتی تارکو سٕتی جُرتھ دَچھ
اوٚبرٕ تیٚہجِن ہنٛدِس پَرٕدَس واریا ریٖف دِتھ دوٚہے بَدَلوٚنِن
رَنٛگَن منٛز رنٛگ دِتھ وُلِتھ تھوومُت ۔ ہی دِیہ اَیم اوٚبرٕ لَنٛگ
چھہ سبٕھاہ لوٚتی، اَوَلِ کرِہٕ تہٕ سبٕھاہ ژٕٹٕژل ۔ اَمی چھی
ژٕ یمہٕ ٹاٹھی تہٕ امی چھہ یم چانٕس تیزٕ تہٕ نٕنٕس گاشَس
پَتھٕ لولہٕ ہٲرِ ژھایہ منٛز وُلِتھ تھوان ۔

—•—

# کُنہٕ سَنتھ

زِندگی ہِنٛز لوٚیسہٕ دار مییانِین رَگَن مَنٛز چھِ دوٚہ رات پکوٚنۍ
روزان ہِسوٚے چھُ یِتھ سآرۍ ہیے زَگتَس مَنٛز سلبھٕ تیزی
سان پکان تہٕ تالَس تہٕ سوٚرَس ہیچھٕ
نژان۔

یہ چھَ سوے زِندگی لوٚیسہٕ یَتھ ہَبتر آژ ہیچھٕ گرنٛز مدوٚس گاسہٕ تہٕ بجہ
بُنتھ اَسان اَسان نَنیٚ چھِ نیران تہٕ لوٚیسہٕ پوٚش تہٕ پَنہٕ وُتھرَن
ہِنٛزَن زہالَن مَنٛز چھِ پھُٹتھ نیران۔

یہ چھَ سوے زِندگی لوٚیسہٕ زہنہٕ مَرنہٕ کِس سُدرَس مَنٛز
دوٚہ تِھ وِنہِ پاں لوٚشہٕ کَن ہِنٛدِس مَنٛزلِس مَنٛز چھِ
گرٛایہٕ ماران۔

مےٚ چھُ باسان زِ سیآز اَنگ یِتھے یِتھ زِندگی ہِنٛدِس
سَمسارِس چھِ اَتھ لاگان تہٕ تِمَن چھُ بوٚش لَگسان بیٚیہ
چھُ تِمہٕ تھرز زِندگی ہِنٛز وُبرایہٕ ہِنٛد تہٕ بوٚش لوٚسہٕ مییآنِس
رَتَس مَنٛز نژان چھُ۔

— • —

# سَتھ

کیٛاہ یتھ سازِ کِس سوزِس ہَرتُلُن تہٕ سوکھ کِس آولہٕ نُس ہَنز پھٹُن
تہٕ گرایہٕ ہار نہٕ چھا پھاشہٕ طاقتہٕ نبر۔

پیرتھ کانٛہہ وَس چھُ سٹھا تیزی سان برٛونٛہہ کُن پکان۔
نَہ چھُ قرار کران، نہٕ چھُ پوٚت پھیرِتھ وُچھان ۔ کانٛہہ
طاقتھ چھُنہٕ تَمس ہیکان منع کرِتھ مُنہ، چھُ برٛونٛہہ کُنے
پکان روزان۔

اَتھ قرارٕ رُسی تَس تہٕ تیز گیونَس سیتی سیتی چھُ سونٛت
ہَرُو تہٕ ریتہٕ کول گرایہٕ ماران ماران لوان تہٕ گژھان۔

وارِیاہ قیٛمکی سوز تہٕ ہیشکہ اَنٛبر چھِہ پان ژاوِتھ چھُ ژھٹہٕ
ماران تہٕ تَتھ بَڈٕس تہٕ بُرٕتس سوکھ کِس سُدرس منٛز
وسان، لیُس وِز وِز ژھٹہٕ چھُ
ماران تہٕ بیٛیہ چھُ ہوکلان

# اکہ ستھ

میے پنہ سیٹھاہ چھکھن تہ جورن تہ روالپور گت کرنی۔ امی ستی ین چانس تیرس چونہ جرینہ۔ یہ چھ چانی زبہ گتھ۔ یہ چھ چانی مایا۔ ژھچاھ بورت آستھ تہ پنہ بنس باگرنہ امتس آتماہس واریا ناو گرتھ آلو دوان چون یہ باگرنہ آمت آتما چھ میون پان بنتھ نون ژرامت۔

چانین سنین باتن ہند ناو چھ واریاہ اشی پھری اسن کھوژن تہ کانتیاہ ارمان تہ آشہ بنتھ نبس منز لوٚت پھیرتھ پوان۔

پان ژھٹہ چھ ووتھان تہ بیہ پانس ستی مسلتھ گژھان۔ چون آتمانہ چھنہ زیبان میے نش کینہہ۔ سہ چھ میے نش ہارتھ۔

یتھ زگتس پردس پیٹھ چھ دیکی تہ رآز ہشد قلمن کمہ کمہ ہورژ بناومژ۔ تہ یتھ پردس پتہ کنہ چھ چون تخت کمو کمو واریاہو رنگہ بہ رنگی رکھو ستی ژورپاٹھی بناونہ آمت۔

میانہ تہ چانہ تھدہ باوہ ستی چھ سوئے نبہ۔ میانو تہ چانو گرکو ستی چھ سوئے واو مشڈل گژان یتھ بنس تہ چانس اچھ تھپس گندنس ستی چھ لوگ گژھان ہیرتھ۔

---

# وُستھ

سُہ چھُ میٛانٮ۪ زٕنتھ یُس میٛانِس ہیٚتھ مُرس پٕنٕن اتھ لاگتھ وُزناوان چھُ۔ یہ چھُ سُے یُس میٛانٮ۪ن اَچھَن ہیٚٹھ جاے دِیِکھ۔ یِچھ کٕمہ چھُ ژراوان تہٕ بیٚیہ یُس میٛانِس وۄنٛدکِس رٕبابَس تارَن سۄ کھکٕ تہٕ دۄد کھکو سۄرکُٲڈِتھ لولہٕ سان وایان چھُ۔

یہ چھُ سُے یُس ہیٚتھ سَمسارٕ زالَس سۄنہٕ ہنٛدٕ لو تہٕ رۄ پیہ ہنٛدٕ لو نیٖلیو تہٕ وۄزلیو نہٕ روزٕ وٕنیو رٔنگوٕ سیتی وۄنان چھُ۔ تہٕ تِمو زالَو مَنٛز چھُ پَنٕنہٕ نٮ۪ن پادَن نٮ۪بر کڈٕنہٕ دِوان۔ یِم پاد لگنہٕ سیتی چھُس بٕہ زِراوان تہٕ خَبَر کوٚت واتان۔

وۄ ہ تہٕ یوگ چھِ پِوان تہٕ گژھان۔ یہ چھُ سُے روزٕوُن یُس میٛانِس وۄنٛدَس واریاہ ناو گٔرِتھ واریاہ رٔیِف دِتھ سۄ کھَن تہٕ دۄ کھَن ہنٛدِین واریاہَن جوشَن

اَنٛدرٕ پھیران چھُ۔

---

# ژرٕنتھ

(دیہ زِگتھ) ژراوِتھ ژھینہ نَس اَنٛدر چھینہ میٚ ہو کھتی۔ میٚ چھُ لولہ کین ساسہ بدین گتٛ ڈَن منٛزٕ ہو کھتی ہُنٛد رَس یوان۔

ژٕ چھُکھ سٕتھ میانِس منٛز بانَس زٕنگدار تہٕ مُشکدار شرابہ سٕتی دوٚہے دنٛدرٕ تانی بران۔

میون یہ زِگتھ زالہ پٔنٛنی ہٕتہٕ بدی ژاٚنگی چانہ گاشہ سٕتی، تہٕ چانی سے مُشٛدرس اَنٛدر آلوٚتمن

یہ گرہکھ ہنٛنہ نین یمن پانٛژن انگن دِکن۔ اچھ۔ نَس۔ زیو تہٕ ژَم، ہنٛدی درواز بنٛد۔ اَتھ لوٚزنک، اَتھ لاگنک، مُشک ہنٛنک، ریف وچھنک تہٕ منٛز ژھٕننک سو کھوانہٕ ناوی ژٕ سیٹھا آنٛد

اوٚ امیانین سارنی ژرمن تہٕ شیشکن گرٕ چانِس لولہ کِس گاشس منٛز سوٚرتہٕ سیانی سارٕی ارمان نیرن لولگ ہیو بٔنتھ۔

# زُسٔتھ

ووہ لوُس تہٕ بتراژ پلیٹھ ہیٚتُن اَنہٕ گٹہٕ ہنٛد پٔر تۄہۄن
تہٕ تھی وِزِ ڈٲس بہٕ کوا پلیٹھ پٮ۪ٹھ لوٚنٹ ہتھ لیٚڈ بٔرنہٕ۔

کوٗلہٕ ہنٛز ژھوٚپہٕ کیٚمٕز شوینزایہ سپتی چھ سٕدھیایہ وۄقتچ داو
گرٕ زٕ ژن تنشٕ بیٚمرٕ سو چھ میٚے اَنہٕ گٹس منٛزٕ آلو دوان۔
وٕنہٕ چھیٚنہٕ کانٛہہ تہٕ یٕکان۔ واوٕس چھ شٲشی گرزھان۔ تہٕ
اوٗل تہٕ چھ ژھٹہٕ مارٲن۔

مٲنٛ چھُنہٕ تراَن فِکرِ زٕ بہٕ گژھا گرِ پھیرِتھ کیٚنہٕ نہٕ۔ فِکرِ چھم
نہٕ تراَن کٔس چھم سمکھن۔ ہُپارِ چھ یارِ بلس نٲوِ لۄکچہٕ
شِکارِ منٛز کٔس ناو دوہپا اکھ پٮ۪ٹھ
ربابہٕ وایان۔

# پانژِستھ

ژٔرِ ئے پیہ کینژا اسہِ بخشمت چھُتھ۔ تِمہِ سیتی سارٕی حاجتھ پوٗرٕ گژھان۔ تہٕ بیئہ چھُہ سوٗرٕ ے ژٔرِ ئے نش پوٗر پآٹھٕ بچھرِتھ واتان۔

کوٗل چھِ ینِ دۄہَک کار نکھٕ والان۔ تہٕ کھہوٗ تہٕ کنٛجہٕ تیوٗ منٛز چھ بڈٕ تیزی سان پکان۔ توٗتہٕ چھِ چانٛی پاو چھلنہٕ خاطرٕ تمچ دار تیارٕی بھرآن۔

پوٗشہٕ چھُ ینٛنہٕ شکہِ سیتی داوس شکاوان۔ توٗتہٕ چھِ پوٗشچ پتِم کأم یِہے زِ ینَن پان چھِ ژٔیی آوان۔

چانٛی پوٗز کرنہٕ سیتی چھُنہٕ یہٕ زِ گتھ نیوٗژ بنان۔ گوٗنہ ماتہٕ سنٛدین باتن ہُنٛد مطلب چھ لوکھ ینٛنہٕ ینٛنہٕ راہِ کڈان یُس تِمن پانٛس ثریان چھُ۔ توٗتہٕ چھکھ تِمی سنٛدین باتن ہُنٛد موٗلادارِ ثِہے۔

# شُستھ

مِیانہِ ژرانٛ ہِشِد نیرانہِ! کیاہ رۄزا ژٕ پرتھ دوٚہ ژٕرےٚ ترٛوٚشہ
کَنہِ ووٚدوٕنہِ ؟
زِگتہِ کِہ رازِ! کیاہ رۄزا ژٕرے ترٛوٚشہ کَنہِ گُگُٹھتھ ووٚدوٕنہِ ؟
کیاہ یَتھ چانِس زیٚچھِس نبَس تَل گُزٕ زون بےٚ شوٗنک تہٕ ہارِلد
روزا ژٕ ژرےٚ ترٛوٚشہ کَنہِ ووٚدوٕنہِ ؟
کیاہ یَتھ چانِس زِگتَس اَنٛدر بیٚتہِ لوکھ چھِ پٔنٕنِس پٔنٕنِس کارَس
اَلگِتھ ہور یور کران تِمَن لوکَن مَنٛز جاتھنَس تہٕ ژھرِتہٕ ژھرِٹ
سیٖنیٚ ہنہِ آمُت روزا ژٕرےٚ ترٛوٚشہ کَنہِ ووٚدوٕنہِ ؟

ہِہی رازَن ہِشِد رازِ! ییٚلہِ یَتھ زِگتَس اَنٛدر وَسہِ میانٛیٖ
کامہٕ نَکھٕ۔ تہٕ کیاہ ژٕ روزا تمہِ وِزِ
گُٹُ زون ژٕرےٚ ترٛوٚشہ کَنہِ
ووٚدوٕنہِ ؟

# سَتَتھ

بُہ چُھستھ ژِ یِنَن دِیے زانان تہٕ تِمی چھُس تِمَے نِش دوٗر روزان۔ بُہ چھُستھ نہٕ ژِ پٔنُن زانان۔ تِمی چھُس نہٕ ژِ تِمَے نِش پَلوان۔ بُہ چھُستھ ژِ پٔنُن بَب زانان تہٕ تِمی چھُس چانِین پادَن تَل نِہان۔ بُہ چھُسنہٕ ژِ تِمَے سٟتی یارٕ سٕندی پاٹھٕ اَتھہ واس کران۔

یِیِمہ وِزِ ژٕ چھکھ لیوان دٔستھ یہِ پٔنُن وَنان۔ تِمہ وِزِ چھُس نہٕ بُہ ژِ تِمَے سٟتی نالہٕ مَوت کَرنہٕ خاطرٕ تہٕ ژِ پٔنُن سٟتی لوج زانِتھ تھوٗد وچھان۔

مِیانِین بایَن مَنٛز چھکھ ژٕ یوت مِیون لوٗز لوٗے۔ بُہ چھُس نہٕ تِہُنٛز کانہہ فِکر بران یِتھ چھُسکھنہٕ بُہ پٔنٛنِس زیٖنِس سٟتی رَلاوان۔ تہٕ بہٕ زانِتھ چھُسَے نہٕ بُہ پٔنٛنہٕ اَشرَن مَنٛز تِمَے تہٕ کینٛہہ درٕوان۔

بُہ چھُس نہٕ سوکھس تہٕ دوٗکھس مَنٛز لوٗکَن بکار پَلوان۔ ہمیشہ سٟتی بُہ ژٕ سٟتی روزان۔ بُہ چھُس پَنُن پان وِنٛس واپہ بران۔ تِمی چھُس بُہ زِندگی ہٕنٛدِس مُدٕنِس سُندرِس سٟتی مِسلِتھ گژھنہٕ نِشہٕ روزان۔

———·——

# اَرِ سَتَھ

یِیمہ وِزِ یِہ زِگَتھ نوٚد نوٚدُے اوس بنیومُت، تہٕ ساٚری تارکھ اٚسی گوٚڈنِچ شوٚب ہیتھ نَپہٕ نپہٕ کران، تِیمہ وِزِ اٚسی ساٚری دیوتانبَس مَنٛزِ بکوٚڈ سُمتھ گَبوان ۔

" اَہا! کیٛا جان شوٚبا چھ ۔ کیٛتھ لولا چھُ ۔

مگر اَمی تانی وِژِ اَکھ ، "یَتھ نَپہٕ نَپہٕ کرَونہٕ تارکھ مالِہ چھ اَکھ جاے بیلِہ ۔ بوزنہٕ چھُ یِوان زِ اَکھ تارگھ چھُ روٚومُت ۔" اَما (یِہ بوٚزِتھ) تہٕنٛدِس ربابَس ژھیٚنی اَکھ تار ۔ گَبوٗن گو بَنٛد تہٕ کھوٚژِتھ وِژِ اَکھ کَرکھ ـــ ۔

" اَدِ ۔ یِہ تارکھ اوس سارِنے مَنٛز گَستھ ۔ تَسے لوٚت اوس آکاشچ شوٚب ۔

تِیمہ وِدہٕ ہیچھِ چھُ لوٚگمُت تَنتھ تارکس ژھانڈُو ۔ ساٚری چھ پانہٕ وٲنی کُنِ بچھرِ اَرِے کران ـــ " تِمو ہِنٛدِ راوُنہٕ سیتی چھُ یِیمہ زِگتنک آنٛدرِ روومُت ۔"

راتس ہیٚنز یتھ ژھو یِہ مَنٛز چھ تارکھ اَسان تہٕ اَکھ اَکِس وَنان " یِہ ژھانڈُو چھُ فضول ۔ یِرتھ طرفہٕ چھُ بَرژر لَبنہٕ یِوان "

ـــ ۰ ـــ

# کُنہٕ شیٖتھ

لۄوٕ وَے یتھ زٕمَش اَندَر چھنہٕ مےٚ چون ورشن ڈیکس لیکھتھ۔ مےٚ روزِ دۄہے امیک ظون۔ تہٕ مےٚ مشرٕنہٕ اَکِس لٔہرَس تہٕ زانہٕ، نہٕ مےٚ ہنیوو نہٕ چون ورشُنے۔ مےٚ روزِ سۄنگِتھ بہتھ تہٕ سوٗپَن مَنز تہٕ یہ دود للہٕ ون۔

ییٚمہ زٕلٕتگس بٕرٕلتِس بازٕرَس مَنز یتھ یتھ میانہٕ وانہٕ تکی دۄہ گرٛژھن نیرتھ تہٕ پرچھہ دۄہہ کٔہ زٕنہٕ ستیٚ ییٚلہٕ میانی چھندِین برٕتھ۔ تتھے گژھہ بہٕ دۄہے یہٕ ظون تھوٗن زٕ مےٚ زٕلون نہٕ کینہہ تہٕ تہٕ مےٚ لۄگ نہٕ اَتھی کینہہ۔ تہٕ مےٚ مٔشِن اَکِس لٔہرَس تہٕ زانہہ۔ مےٚ روٗزِن شۄنگِتھ بہتھ تہٕ سوٗپَن مَنز تہٕ یہ دود للہٕ ون۔

ییٚلہٕ شانٔش گُھسِتھ تہٕ تھکِتھ بٕ وَتہٕ ییلِتھ بہمہٕ۔ تہٕ لرٕژھ پیٚچھے کرٕ پانَس وَتھرن، تہٕ مےٚ روٗزِن یۄہے ظون زٕ وٕنہٕ چھُہ مےٚ زٕلۄٹھ سفر پیچھے مےٚ مُہٕرٕمٔشِن اَکِس لٔہرَس تہٕ یہ زانہہ مےٚ روٗزِن شۄنگِتھ بہتھ تہٕ سوٗپَن مَنز یہ دود للہٕ وُن۔

ییٚلہٕ میون گرٕ شیرنہٕ تہٕ پاآراونہٕ ییہ ییٚلہٕ اَتہٕ باجہٕ وزُن تہٕ اُسُن تہٕ گِنٕڈُن لگہٕ، تہٕ مےٚ روٗزِن دۄہے یہ ظون زٕ مےٚ اۄنِکھ نہٕ ژٕپَن گرٕ سالہٕ۔ مےٚ روٗزِن شۄنگِتھ بہتھ تہٕ سوٗپَن مَنز یہ دود للہٕ وُن۔

# شیٖتھ

میانہٕ دوٚ ہے پٔرزلوٗنہٕ سر یہ! بہٕ چھس ہردچہٕ ژھمہٕ اوٚبرہٕ تھجہٕ ہیٚنٛدۍ پاٹھۍ یوسہٕ نبس منٛز ایرٕوٕنۍ چھہٕ آسان۔ یِہ آسنی اَتھہٕ لاگِتھ چھیٚنہٕ یِہ میون پھوور وِہگلاوتھ پیٚتۍ نس گاشس ستی رلوومت۔ اَمی چھس بہٕ ژٕ نٕش ژھینہٕ گژھتھ ریتہٕ بدی تہٕ وری بدی گنٛژرۍ گنٛزرۍ گنٛزراوان۔

یوٚدوے ژٕچھکھ پیٚژھان۔ یوٚدوے یوٚہے چھہٕ چون گنٛڈُن۔ تیٚلہٕ دِنہٕ میانہٕ ییتھ لوسہٕ وٕنہٕ ہستی وٲلیاہ رٔنگ۔ سوٚہنہٕ نٔنٛدمُلہٕ مایہ کرتس۔ ژھرپہٕ ژھرٹ کرٕ وٕنس واوس منٛز ایرٕناوتن تہٕ واریاہ وِگژھراوٕ کٕنہٕ کڈتن نوٚن۔

تہٕ ییٚلہٕ ژٕ رٲتھ کیٚت یِہ گنٛڈُن بند کرٕنچ یژھا گژھی تیٚلہٕ گژھہٕ بہٕ رٲژ ہنٛز گٹہٕ منٛز نتہٕ سنگرمالہٕ پھولنہٕ کِس اَسہٕ وٕنس گاشس اندرشروٗژس تہٕ پٔرنِس شیٖہجارس منٛزے میلتھ گژھن۔

---

# اکھ شبیھ

میٚیس یُس سَمے راوُر ۔ میٚے ہور تَتھ پیٛچھ اوٚش
ہگرہیانہٕ دَیہ ! یہٕ رُوٚد ہٕ ہیانہٕ زِندگی ہُنٛد اَکھ اَکھ
لَہرٕ ہیوٚتھ ژٕے پَژنہٕ ہِنٛ اَتھن منٛزٕ۔

سارِنٕے وَستَن منٛزٕ روٗزِتھ چھاکھ ژٕ بیاکِس منٛزٕ گَب
لوٗہن منٛزٕ پوش تہٕ پوشَن منٛزٕ میوٕ ووٚہ پیداوان

یہٕ اوٚسُس تھوٚکمُت تہٕ پَژنٕس وَتھرِنس پیٛچھ
اوٚسُس کرِتھ آوِتھ ژہت دِوان۔ زٕ سارِنی کامہٕ
ہوٚکلیپہٕ۔ گاشس پھولنہٕ وِزِیٚلہٕ یہٕ نیٚندرٕ
ووٚتھُس، میٚے وُچھ پنٕنۍ پوشہٕ وار رَنٛگ بارٕنگی پوشہٕ
پھچلیپہٕ سٕتی بَرِتھ آمٕژ۔

---

## ژوہہ شیٹھ

۱

میانہ دیہ! اژرے چھے پانس اَتھ سیٹھاہ زِلوٗٹھ سَمے یِچانِن اُژِرن تہ ژرہون ہیپہ کانہہ گرنڈ کرِتھ۔
وۄنہ تہ راتھ چھہ لِوان تہ گژھان۔ یوگ چھہ پوشن ہِندی اُٹھ پھولان تہ برہ گژھان۔ ژھچکھ پرارن زانان۔
اَکھ لو کُٹ وَن پوش نتہ پھولنس تاتتھ چھہ ہتہ بدی ووٗل لگان۔
اَسہ نش چھنہ راوُرنہ خاطر کانہہ سَمے۔ اَسہ چھُ سَمے لَبنہ خاطرِ سیٹھاہ جَلکھن تہ جورُن۔ اَسہ پزِ نہ تار کرُنی۔
مَگر اَتھ جَلکھنس تہ جورنس مَنزٕ بائِ گرِی باگری چھُ میون سَمے راوان۔ چانی پیرِہن چھہ وُنہ تہ خالی۔ اَتہ چھُنہ وُنہ کینہہ تہ اَرپن کرنہ آمُت۔
ژوٗہ لو ہیِنس پیچھِ چھہ یِنہ شینکہ روزان زِچون بَرہ گورتھہ بند گژھن۔ مگر سپتی چھُم ظون گژھان زِ وُنہ چھُ سَمے۔

—— • ——

# ژرٕ پشیٖتھ

ماجہِ اپنِہ نِس اچھو ہارِ متِس اُشس
بناوٕ بہٕ ژیٚنہِ کرٕ سوختہ مال۔

تارکو چھہ چانیو پادَن گُہنہٕ ژراوِنہٕ خاطرٕ یٚنہٕ
گاشکو وڈکرِنہٕ گرِ مِتو۔ مگر سیٚہ آمی سوختہ مال
شوبہٕ چانِس وَچھس پٮ۪ٹھ۔

وَنہٕ دِیار تہٕ پاپہٕ جائی چھہ چانی سٮ۪ٹھی میلان
ییمَن ہنٛد دِین تہٕ نہٕ دِین چھُہ ژٮ۪نی اتھہٕ۔
مگر یہٕ دود چھُہ میول تھٕ۔ تِہٕ یِتہٕ بر شہٕ دود
تہٕ ژٮ۪نی آوان چھُصَے۔ تمہٕ وِزہٕ چھُکھ ژٕ
ینیٛژ سیز نظر کران تہٕ دَرشُن اوان۔

———•———

# ژوٚپہ شِیتھ

یہِ دۄرِ رُک دود چھ یتھ زگتس وٲہرِتھ لیوٚن
یتھ زیٹھِس نبٕس اَندرٕ واریاہ رٕیف بنِتھ ژوٚن
چھُ نیران۔

دۄرِ رکِس داِدِس منزٕ چھ تارکھ ژھوٚپہ دم
کرِتھ اکِس کُن نَدے گنڈِتھ، تہٕ لوٚٲے
دۄرِ رُک دود چھ شرادنس منز وٲہرٲژھ ہلشدِس
اَنہٕ گٹس منز سرسر کرِ دنیوپہ بزٕ گوٚہشدِ
کرکہ نادِ کنِ نوٚن نیران۔

لوٚٲے دۄرِ رُک ترِپتھ جاپہ آسہ وُن دود چھُ
اِنسانن ہنزِ بن گرٲن منزٕ لول تہٕ ارمان، دوٚنہ
تہٕ سوکھ بنِتھ پرکھٲن۔ لوٚٲے دود چھُ سے
گوٚہنہ مانہٕ سِندِ بآتن منزٕ لوٚن نیران۔

# پانژہ پنژتھ

ییلہ ژون وآلی گوڈ نلتھے پنژہ رازِ سندِ گرِ ڈرائے، تِمو کتہ اوس پنُن بل کھٹتھ تھووُت۔ اما! تِمو کتہ آسی پننی ہتھیار تہ پننی رخت تھآوی متی۔

ییمہ دوہ تِم پنژہ رازِ سندِ گرِ ڈراہتی آسی، تِم آسی سیٹھا ہیژ تہ پیٹھ ہیمتی لگتہ پوان۔ تِمن پیٹھ اوس تیرن ہُنند باران کرنہ آمُت۔

ییلہ ہِم لرٹن وآلی بیٹیہ گئے پنژس رازِ سندِس گرس پیٹھ نیتھ، اما! تِمو کتہ تھوو پنُن بل کھٹتھ۔

تِمو آسہ پنژہ تلوارِ، ترآوِمژِ، تہ تیر کمان تہ آسکھ ترآوِتھ ژھنی متی۔ تہندین ڈیکن پیٹھ آس شانتی پوان لگنہ۔ تِمو اوس پنژہ زندگی ہُنند پھل تِمی دوہ پتھ کُن ترآوِتھ ژھنمُت ییلہ تِم رازِ سندِس گرس کُن پتھ آئے۔

# شیٖنہٕ شیٖتھ

**مہاکال**، چون داس! چھُہ مُری نیٖن پیٛالہٕ ہیتھ میٛانس برس تل آمُت، سُہ چھُہ اَکھ اَن زان سُدراہ اَکھ ژھنڈتھ آمت تہٕ شیٖنچ چھبن میٛٔ نِش واتہٕ ناوِ مژ۔

اَنہٕ گٹ راتھ چھَ۔ بہٕ چھُس کھوژان رتہٕ ڈبراے چھم گژھان تو تہٕ نیر بہٕ ژونگ ہیتھ تہٕ بر مژرس۔ گُل گنڈتھ نیرس نبھ تہٕ زانن اَندر۔ یہٕ چھُہ چون شیٖنچ گوٚر یُس میٛانِس برَستَل چھُہ وودینہٕ۔

بہٕ کرہٕ تمِس گُلِ گنڈتھ تہٕ اَتھہٕ وانہٕ سیتی پوٗز، تہٕ پٔژنہٕ وونڈکُ لال ژراون تمیٚ سندِ پادن تل۔

سُہ گژھِ پنٕنی کام کٔرِتھ پھیرتھ۔ اَما پوٗز! میٛانِس برِ بھاتس گژھِ اَنہٕ گوٚٹ پھیرِتھ۔ میٛانِس ژھرِس گرَس مَنز روزِ ہیٚتھ

بییومُت پانہٕ لیوت
ژے پیٚتم ڈالِ شرہٕ وٕنہٕ
کُن اَتھہٕ خاطرِ

—•—

# سَنٛز شِیٛتھ

یُہ چھُس سِلِٹھاہ ہٕراش گَژھِتھ نیران ۔ سُہ چھُس گرٕکِس کوٗنٛچھَس کوٗنٛچھَس مَنٛز ژھانٛڈان ۔ سُہ چھُنہٕ اَتھہِ لگان ۔

میون گرٕ چھُ لوکُٹ ۔ یہِ کیٛنٛہہ اَتہٕ اَکہِ لَٹہِ ردو ۔ سُہ لوٗبُم نہٕ آہٕنٛہ مِیانہِ دَیہ ! پٔتٕنس محل خانٕس چھُنہٕ کُنہہ گوڈٕے تہٕ نہٕ کُنہہ اَنٛتھٕے ۔ بہٕ چھُس سُہ ژھانٛڈان بَرٕنس تَل تہٕ دوٗتمُت

بہٕ چھُس دوٗہ لوٗبٕنس دوٗزجارَس مَنٛز تٕرٕے کُن لولہٕ بُرژو اَچھو وُچھان ۔ یُہ چھُس روزٕ وُنِس تہٕ لوٗشٕہ وُنِس بُلٕٹھُس بیٛٹھ دوٗتمُت ۔ یوٗتٕنس وٕاَنٛتھ کانٛہہ وَس چھُنہٕ ناش گژھان ۔ کانٛہہ آش ، کانٛہہ سوکھ تہٕ اُشہٕ ماڑٕی بُرٕتھ کانٛہہ ہٕتہٕ وچھنگ رٕیف تہٕ چھُنہٕ ناش گژھان ۔

ہتو ! میون یہ ژھوٗر زوٗ پھاٹہِ ناو تُن تہٕتھ سُدرَس مَنٛز تہٕ بُرژرکِس سَنٛزرَس مَنٛز کرٕنس شران ۔ میٛنٛے تہٕ اَکہِ لَٹہِ زِگٕنتَس مَنٛز رُآوی مِنٕس ثَمہٕ ثُہل اَتھہِ لاگِنک وثزار کرٕنہٕ ۔

—·—

# اَرٕشیتھ

ہے اوسی ہمیتہٕ سنٛدرِکہِ دیوتا ! ربابہٕ چہ زھینٛیٚ منٛز تارٕ چھینہٕ ووٕنی چانٛز
گیتہِ گیوان ۔ سندھیا وقتن چھینہٕ گھنٹا یہٕ چانہٕ آرتھی ہنٛز کرکھے کران ۔
واوٕ تہٕ چھینہٕ چون گیتہٕ ونان ۔ سہٕ تہٕ چھ لوٚت پانٛٹھ پھٲتھ ۔
سونتہٕ کالکہ خوش یوان واو چھ تتھ محلہٕ خانس منٛز بییتہٕ نہٕ کانٛہہ
ردران چھ پھری پھری تمن پھلہ متین پوشن ہنٛز شیچہ واتہٕ ناوان ہم
نہٕ شٔرہ ووٕنی لاگہٕ نہٕ چھی یوان ۔

چون یرون پوٗزاری چھ دُنہٕ تہٕ چانہٕ سینزہِ اَنظرٕ یوسہ نہٕ شرےٚ دُنہٕ تمس
کُرِتھے ۔ زھانٛدِ لسن ہور یورٕ پھیران ۔ دوہ لوسہٕ وزٕ بینٛیلہ سریہ لوسناکہ
دوہ زیارتہٕ زھاے چھ یوٗڈ اتھہِ واس کران ۔ تمہ وِزِ چھ سہٕ تھکِتھ
تہٕ پچھٹھ پھیرتھ پتھ

دُسی ہمیتہِ مندرس منز یوان

ہے اوسی ہمیتہٕ مندرکہٕ دیوتا ! کاتیاہ بڑی دوہ تہٕ تہوار چھ شرےٚ نش لوٚت
پانٛٹھ واتان ۔ پوٗزایہٕ ہنٛز واریاہ رأژ چھ ژانگی زالنہٕ روٗستے گژھان ، کم
رتی تہٕ کسب دارکاریگر چھ نوی نوی لیتہٕ تیار کران ییلہٕ تہنٛز وزٕ چھ واتان
تم چھ منٛز سہ چھ شروٗشریان ژھٹہٕ منٛز یوان ایہ دینہٕ ۔ دُسی ہمیتہٕ مندرکہ
دیوتاسے یوت چھ پتھ دوہ تچہ نظر وچھنہٕ کنہٕ پوٗزنس تہٕ گژھان ۔

# گُنہٕ ثمَنتھ

میوٗن دٕے چھُ پیٖ ژھان زٕ بہٕ گژھہ نہٕ وۄنۍ کرکہٕ وِینۍ یا اُبڈٕ وَنُن۔
بہٕ وۄنۍ لوتہٕ لوتہٕ زارہٕ پارہٕ مشاہٕ وۄنیچ کتھہ نیرِ ہا تَن ہنز گنگراے
بُنتھہٕ نیر۔

لُکھ چھہٕ رازِ ہنٛدِس وانس کُن گژھان۔ ساری ہیٚنہ وِنہ واٚرِ چھہٕ ژٕنہ
لَبنہٕ لوان۔ مگر مےٚ چھُ مُنٛدنیٚنس بے وُقتے کامہٕ کاہ کہٕ تاپچاہ وِنہ سارِ ےٚ
لوٚ دژِ مشر۔

لُوٚ وُے وُنہ چھُنہٕ تہنٛد ویلےٚ بتیلہٕ دِ مشاہٕ پوشہٕ وارِ مُنز پوشس
پھولنہٕ تہٕ مَنٛدِ نیٚنس دِتہٕ مانٛچھ تُلرِ ین ہمَن پوشن پیٚبھ لوٚشِیرائیے کرنہٕ۔

چھیٚنتی تہٕ کرہٕ نۍ تارِ نس ستی زاوُر مےٚ سبٹھاہ کال۔ مگر
وۄنۍ چھُ میوٗن دور کِتھ ستی لوج پیٖ ژھان زٕ میوٗن وۄنۍ
گوٚژھہ ثُمس کُن وۄنۍ کڈُن۔ مےٚ چھُنہٕ تران فکرِ زِ
ییٚتھ یاٚژھِ ہٕنگہٕ تہٕ مَنگہٕ کمہٕ خاطرٕ چھُن مےٚ آلو دِیمٕت

## نمتھ

ییٚلہِ کال دموت، ژٕرے کرِہی برَس ٹھسرٕے، تِمہ وِزِ
کوٗسہِ ڈآلۍ وِکھ ژِتَس۔

ہیو! اَپٕژنہِ زُوٗک لوٗرٕت بانہِ تھٕوِ بہٕ پیٚنٕس ژٕپھس ژٕروٗنٕھ
کَنہِ۔ بہٕ دِمہٕ تمس زانہٕ تہٕ ژھرٕ وِپے اَکھٕو پھیرِتھ گژھنہٕ

ییٚلہِ کال سہ آنِس برَس تل ییِ۔ بہٕ تھٕوٕ تمِس ژٕروٗنہ
کَنہِ پننی سآرے اَرزَتھ، یوٗسہِ متے پنٕنہِ زِندگی ہنٛدِس
کارِس تہٕ وٕلوٕ ہارِس منٛز گرٕمژ آسہِ۔ یلِہ تھوٗس مٕنٛوٕنتہٕ
کالکی سآری تُھلی متی پوٗش تہٕ
ہرٕدکی سآری میوٕ ژٕروٗنہ کنہِ

# اَکھ نَمتھ

میٚیانہِ زِندگی ہِنٛز اَہوت! کال اَمیٚ یانہِ کالہٕ۔ دوٚہلہٕ
مٔنٛز نِش کرکٕنۍ پھیرِ لۄتی پاٹھۍ۔

پٔیتھ دوٚہ رۄدُس بہٕ چانِ رٲچھہٕ دَری کرٲن۔ چانی خٲطرٕ
ژٲلۍ مٔنٛز زِندگی ہِنٛد سو کھ تہٕ دوٚہ کھ۔

بہٕ کیٚنٛژھاہ بۄچھس۔ بہٕ کیٚنٛژھاہ مٔنٛز نِش چھُ۔ لوٚ سہٕ
کاہنہٕ آٹھ مٔنٛز چھُ، تہٕ تہٕ بلہٕ بہٕ میٚون سورُے لول۔ بہٕ
سورُے چھُ لۄتی پاٹھۍ ژٕ ییٚ کُن ژُور ژُورِ لاران رۄدمُت۔
چانِن نیٚتٕرن ہِنٛز نٔیم نظر پیٚیتھ گژھہٕ میٚون پان چھُنہٕ بنتھ

پوشہٕ چھُ آہنۍ مالہٕ تارنہٕ، تہٕ پوشہٕ مال چھُ نہرازِ ہِنٛدِ
خٲطرٕ تیار گامُت۔ بیٚیتھ پیٚتہٕ ژراوِ مُہرینۍ بُن گرٕ (مالیٚن)
تہٕ بیٚنیس نہرازس سمکھہٕ رات کیٚتھ اکانٛتس منٛز۔

# وُنمتھ

مےٚ چھُ نِران فِکرِ زِ سُہ دوٚہ تہٕ ییہِ ہیٚلہِ یٕہ بہٕ یِیہ زٕنگتھ بٕلنیہِ ہٕکَن وُچھِتھ۔ بیہِ سیٚأنی زِندگی ژرا وِمیٚشانِن اُچھَن پیٹھ دوٚل تہٕ ییتہٕ گژھِ لوٚتی پاٹھی نیٚرتھ۔

لوٚتہِ کرَن رات کٕیتھ تارکھ نیٚرنیٚر۔ سُنگرمالہٕ تہٕ کھولَن پژرآٚنی پاٹھی۔ سُدرٕ چھین پان ژھٹَن ہٕندی پأٹھی سوکھ تہٕ دوکھ پاٚرٕ کرانٕ، سمے ییہِ تہٕ گژھِ۔

ییٚلہِ بہٕ یَپٕشنٕہ نِین اُچھ ہٹوارن ہٕندِین اَنٕتھس پیٹھ وِتژار کران چھُس تٕمہٕ وِزِ چھُ یمَن لٕہرَن ہُندحدمو کلان تہٕ بہٕ چھُس مٕری نِنہٕ گاشہٕ سیٚتی تٕتھ دِلٕشس کُن وُچھان۔ ییٚنِہ اَنٕتھ رُسی خزانہٕ چھُ چھکرِتھ۔ یہینٕچ وُسی تہٕ کھوتہٕ وُسیتھ جایہِ رژھ میلنی تہٕ چھُ سیٚٹھاہ گرٕ لوٚٹھ۔ تہٕ نیٚشِر زِندگی اَتھ ییٚنہٕ سیٚٹھاہ مُشکل۔

یِمہٕ وُسِ مےٚ ییتھے ژھانٛڈی تہٕ اَتھہٕ آم۔ تِم سأری ژرا وِپھکُن۔ وونی دِمےٚ تِم پُنہٕ وُس اَٹنہٕ یمَن مےٚ پَرتھ وِزِ نیٚشِر نظرِ وُچھ تہٕ لَتھ دِژمٕکھ۔

# ژٔرِ شمُنتھ

میانٕہو بایو ! مےٚ میوٚل وۄنۍ روخصت ۔ وۄنۍ دِلیو تُہۍ
تہٕ مےٚ روخصت ۔ ئہ چُھہ سۄوسارٕنۍ گُرگٔنڈان تہٕ ئہ
ڈرانس وۄنۍ ۔

یہِ رٕلُومیانہ گرٕچ کوٗنٛز ۔ یہِ چُھس مےٚتھ سأزِتھ یےٚ گرٕس لٔتھ
دوان ۔ مےٚ گژھہ وۄنۍ تٔہنٛز اکھ لولہٕ ہٕژ موٚدُر کیٚتھے آژ ۔

اَسۍ روٗدۍ وارِہٕس کالس ہمسایہ بٔنِتھ ۔ مگر مےٚ نیوٚ مو سلٹھاہ
تہٕ دِتھُم سُکھ ۔

وۄنۍ ہیوٚتُن دوکٔمن لیٚس ژھٔنگ شیٚانہٕ انہٕ گنٹہٕ کوٚٹھٕر مٕنٛز
اوبِن دُزالِہ سٔتۍ گوٚ وۄنۍ ژھٕتتہٕ ۔ نا وُچھہ آمُت تہٕ یہِ چُھس
وۄنۍ سفرٕچ خاطرٕ تیار روٗزِتھ ۔

# پانٛژٕ سَمتھ

ییٚلہٕ مےٚ گوڈٕنیٚتھے ییٚتھ زِندگی اَندر کھوٚرٕ ژُھن۔ مےٚ اوسنہٕ ییٚمہ لُہٕرِگ کانٛہہ ظون؛
اَما! یہِ کُس سٕنابِل اوس ییٚمہِ یہٕ ییٚتھ نٕصیف راٗژ وٕنہٕ پوشکی پاٹھی پھوٚلہٕ رووُس

ییٚلہٕ سَنگرمالہٕ پھولنہٕ وِز مےٚ گاش ڈیوٗنٹھ، مےٚ باسیوو تٔمی وِزِ زِ یہٕ چھُسنہٕ ییٚتہٕ وتہٕ پیمہٕ۔ ناوِ تہٕ شکلہٕ رسی کُمی تانٛیٚ اَنزانَن لَلہٕ وُس یہٕ مےٚ اَتھ کوچہٕ منز۔

ییٚتھے پاٹھی ییٚمہٕ مرنہٕ وِزِ مےٚ اَنزانَن رٔژی کارِ سٕندی پاٹھی۔ بہٕ بَرہٕ مرنس تہٕ لول، کیازِ بہٕ چھُس ییٚتھ زِندگی تہٕ لول بران۔

ییٚلہٕ مےٚ تاج چھینٛنِس دِتہٕ دِشرِس، دوٚ چھِم ہیٚب ژٔٹان تہٕ تُرچھُ ہوان گرکہٕ دِنہٕ۔ مگر مےٚ تاج چھُس سٔتی کھوٚرٕ ہیٚب اَتھس منز ژراوان تہٕ شُرچھُ کران ژھوٚپہٕ تہٕ لٔبان چھُس سوکھ۔

—.—

# شہ نمتھ

بلیتہ روخصت ہیتہ وزٕ گژھہ مےٚانی پتم کتھ یہ آسنی نہ
یہ کیٚنژھاہ مےٚ وچھ بہٕ اوس سیٹھاہ رُت کھسیتھ تہ
تھدٕ کھوٚنہ تھوٚد۔

میٲنی پتم کتھ گژھہ یہ آسنی زِ لُسن ہیوش ہیہ سُدرُس چھےٚ
پٮ۪ن گاہ ژراوان تمیُک بہٕ رَس چھُ مےٚ ژٕہمت لُس اتھ منز
کُٹھ چھُ تہٕ بہٕ چھُس سیٹھاہ باگوان۔
ییتھ انیک کھیلہ ما آنس منز گوٚر مےٚ پٮ۪ن گیشُناہ تہ بٮ۪یہ
گوٚر مےٚ تُندُ دُشن تہ لسن شکلہ روٚس چھُ۔

میوٚن سوُرے پان تہ ساری انگ گیہ ہنزِ لدِتھ۔ یام
تمی لوگ مےٚ اتھ، یس ہنزِ اتھ چھُ لاگِہ نےٚ لوان۔
بیٚلہ بیٚنہ نسے چھُ پتم گرٕ تیلہ ہیٚن سو گرٕ مےٚ ٲنی پتم
کتھ گژھہ یسےٚ آسنی

—.—

# شَنہِ کھٹھ

ییٚلہٕ بہٕ ژٕنۍ ہیتی اوٗسُس گٔژھان ۔ مێنۍ پُرٕژھے بہٕ ژٕنۍ زانِہہ ترٕ ژٕ کُس چھُکھ ۔ بہٕ اوٗسُس بہٕ کھوژُن زانان تہٕ بہٕ لوٗسُس تھاران ، بہٕ اوٗسُس تہٕ تھوٚکٕتھ پٔتھی گٔژھان آسان ۔

گاشِن ہنزٕ وزٕی اوٗسکھ ژٕ مێنۍ بالہٕ یارٕ سٕنزی پٔتھی وُزناوان ، تہٕ نیٚبرٕ مآدانن منٛز لوان کَڈِتھ ۔

ژٕمن دوٚہن گوٚو سٕنز مێنۍ زانِہہ تہٕ ژٕمن بٲژن ہنٛد مانہٕ ژٕ لینچ کانِہہ ییٚژھان ، ہیم بٲژھ ژٕ میانہٕ خاطرٕ اوٗسکھ گیوان ۔ بہٕ اوٗسُس چانِس سوٚر سَرٕس ہیتی سوٚ رٕ ملو تھٔہ ہنزٕ نلان ۔

دوٗو فٕیینہٕ گیشٕرٕ نک وٕ یلہٕ گوٚو ۔ مێنۍ ترٕ وٕہن گنگو گٲشاہ تمام پآدٕ

ییٚہ سوٗ ہمۍ زگٕتھ چھُپٕن یہ ژھوٚپ تازٕ گِہمنٛڈُل یہٕتھ چانِس پادن تَل ینٛزٕ بھترلوبن اَن کرٕتھ دَم چھُپٕٹی گرٕتھ روٗزٕتھ گومُت ۔

# اَرٕنمتھ

سُہ پٲرٕ اوٚتھ ژٕ چانیو زینہٕ نچوٚ ڈالیو تہٕ پنہٕ نیوا ہارٕ نچوٚ مالوٚ سیتیو
ہاریتھ ژٕ لُن چھُہ میانیو زورٕ دنبر۔

میٚے چھُہ یژھ زٕ میانِس لوٗشِس گژھ سوٗر میانہٕ زندگی ہٕنز
ٹریٹرٕ پھُٹن تہٕ ژھینن کُڈٕرِس دٲدِس مَنز میون ژھوٚر وونٕد
دِیہ دیداخ نیتھ پاٹھو ہیتھ پاٹھو کھوٗر باُنٛس چھُ نے بنتھ
گیوان تہٕ کنہ گژھن میانہٕ اشہٕ سیتی ونگلتھ۔

میٚے چھُہ ژھ زٕ پھوشکی ہنتھ وٚتھر روزان تہٕ زوٚ ہے وٚتھ تہٕ
امہ کہ مانجیچ لوٚ سہ ژٕدرٕ جاے چھُہ سوٚ تہٕ نیرٕ ننی ۔ نیلہ آکاشہٕ
پلیجہ وچھ اکہٕ اچھ میٚے کُن تہٕ میٚے تہٕ دِیہ آلو ۔ یہ گژھ
ژپژھ گُنہٕ نشہٕ ہوکلتھ ۔ تہٕ چانِن پاژن تَل
لبہٕ یہ مرٕ ہنین پیتا لے یوت۔

# نماشمنتھ

ییٚلہٕ بہٕ کھوٚر چھس ژراوان ہیچھر، بہٕ چھس زانان زِ وۄنۍ چھ ویلہٕ ووتمُت ژٕرےٚ پہٕ کھوٚر وایہٕ نَگ، تہٕ یہٕ سَپدِ وۄن آسہٕ تہٕ سَپدِ تیٚتھے ژھرہٕ ژھرٕٹ کرٕنۍ چھ پیٚتھے ۔

میشانہٕ وو شدا! وۄنۍ وُٹھ پٔنٕنۍ اَتھہٕ، تہٕ ژھو پہٕ دَم گرتھ مان وۄنۍ پَنٕنۍ ہار یتھ دَشاپہٕ اَنْدَر ژٕچھکھ تیتھ مَنز روزِ لَس اَنْد پےٚ مان ژٕپٕنۍ رُت لوگ ۔

واوِ گرا لوٚسنی چھ یم میانۍ ژانگی گرٕھان ژھیتہٕ، یم بلّیہٕ تہٕ بلّیہٕ زالَس مَنز چھُ میٚ پٕرتھ کینٛہہٕ مُشتھ گرٕھان ۔

مگر وُنۍ کینٛس ہمہٕ بہٕ پٔنٕنہٕ حَوصلہٕ قائم۔ آنگنَس مَنز ژراوہٕ بہٕ پٔنٕنۍ دٕتھر تہٕ اَنہٕ گٹہٕ مَنزٕ ے روزِ پٔنٕنۍ زانٕ وُن میشانہٕ دِیہٕ ابیٚلہٕ ژٕرےٚ وۄنۍ کرٕہا ژٕپٕنہٕ لوٚتی پاٹھۍ تہٕ یتھ وتھرٕنس پیٹھ بہٕ ۔

—·—

# ہَلنٛتھ

بہٕ چھُس ییٚتھ آکارن ہٕنٛدِس سدرَس منٛز آکارٕ روٗس لوٗرٕت موختہٕ
لبنہٕ خاطرٕ ڈٕنٛگ دِوان۔

ووٚنۍ ییٚزِ بہٕ ییٚتھ مرِونیٚ ناوِ منٛز یہتھ گاٹہٕ ییٚتھ گاٹہٕ۔ تِم دوہ
گئے ییٚلہٕ بہٕ پان گتھ ہنٛز ژنٛجہٕ کھنس منٛزٕ اوسُس سوکھ لبان۔

ووٚنۍ چھُس بہٕ بتھ بلیومُت مرِتھ زنٛدٕ روزنہٕ خاطرٕ۔

بہٕ زٕمن پٮ۪تھٕ زِنٛدٕگی ہُنٛد ربابہٕ توٗت نس ییٚتہٕ سنٛزس گُرٕھتھ بالادرٕ
منٛز لَیہٕ تہٕ تالہٕ روٗستے آسِ ساز وایہنہٕ لوان۔

بہٕ زٕلاوَن یہٕ نٮ۪پرٕ وٕنن سوٗرن سیتی۔ ییٚلہٕ پُتیم سوٗرٕ نیٚرِتھ میون
ربابہٕ ژھوپہٕ کرِ، تمہٕ وِزِ ژراوَن بہٕ پنُن ربابہٕ
شانتی ہنٛدین پادَن تَل

——·——

# اَکھ ہٕتھ اَکھ

پَژھنہٕ ہیتھ سارٕی سے وُمرِ روٗدُس یہٕ پَژھنہٕ بدٕ بأٹو سیٚلتی ژرٕے ژھانٛڈران۔ یمہٕ سے پھرِ اوٗدُس یہٕ گَرِ گَرِ، تہٕ زِمو سے سیٚتی سینوس یہٕ پانَس سٕتہٕ ہیتھ زِگنَس

یہٕ کُنہٕ ژھامے ہوٚچھمُت چھُ، یہٕ چھُس ہمو سے ! تو ہیچھ نو دُمُت۔ تِمو ہاوِ مےٚ تِمہٕ وُتہٕ یمہٕ سٕنہٕ کانٛسہٕ آسہٕ لَبنہٕ پِوان، تہٕ پَژھنہٕ وو ٹھدِ کِس نَبَس پیٹھ کرِ نوٗوہَس وائیٚن تارِکَن ہُند دَرشُن

تِمو ہاو مےٚ ہیتھ سو کٕھہٕ تہٕ دو کٕھ کِس سمسارَس اَنٛدرٕ دوٚہے وُتھ، تہٕ وُنی لبنَس یہٕ میون سَفَر ہو کلنَس پیٹھ دوٚہ لوسنہٕ دِزِ چھم بنہٕ خَبَر زِ کتھ رازِ گرَس داتہٕ نوٗوہس ڈیڈ تل۔

———

# اَکھ ہِنٛتھ ژٕ

مےٚ آس لوٗکٕن مَنٛز کٲر تھوٚد۔ زٕ مےٚ پرزٕ نودُکھ ژٕ۔ تَمہِ چھہ میثانِن سارِنی کامِن پیٚٲنٛژ ہُورتھ (تصویر) وُچھان۔ تَمہِ چھہ مےٚ نِش ہیتھ پرٛژھان، "یہ کُس چھُہ"۔ بہٕ چھُس نہٕ ہیٚکان تَمِس جواب دِتھ۔ بہٕ چھُسکھ وَنان، "بہٕ چھُس نہٕ پَزی پأٹھۍ کینٛہہ تہٕ ہیٚکان وَنِتھ۔" تَمہِ چھہ مےٚ بَدرَد وَنِتھ پھیرِتھ گژھان۔
مگر ژٕ چھُکھ اَسہٕ وُنہٕ ہیتھ نیتِ نیٚبہٕ بہان۔

بہٕ چھُس پینٛشنہٕ نین باتِن مَنٛز چاٲنٛژ کتھ تِنٛژ گڈان۔ چون سِر چھُہ میثانہٕ ووٚنٛد مَنٛزٕ نیٚبر ہیٚزان۔ تَمہِ چھہ یےٚ پرٛژھان، "پینٛشنہٕ نین باتِن ہُنٛد مانہٕ وَن۔" بہٕ چھُس نہٕ زانان زِ تَمِس کیاہ جواب دِمہٕ۔ بہٕ چھُسکھ وَنان، "سُہ کُس سَنا چھُہ یُس یمن باتَن ہُنٛد مانہٕ چھُہ زانان۔" تَمہِ چھہ اُسناہ ژراوِتھ مےٚ بَدرَد وَنِتھ پھیرِتھ گژھان۔ مگر ژٕ چھُکھ تِتی نیٚبہٕ اَسہٕ وُنہٕ ہیتھ بیہان۔

—۔—

# اَکھ ہیتھ ثرٕے

میانہِ وَیہِ امیٖ آنی ساری اَنگ گرٕزھن ثرٕے گُلی گنڈِنس تہٕ اکھ نمسکار کرنس کُن لگنہٕ ، تہٕ یہِ زانتھ زِ یہِ سورُے زگیتھ چھُ چانین پادَن تَل گرٕزھن بیٚتھ زگتس ستی واٹھ کرٕنی۔

ییٚتھ پاٹھۍ ٹھرونس اَندرٕ چھُ اوبرُ رٕودٕ سیتی گوبیتھ لوین وسان تیتھے پاٹھۍ گوڑٕ ہیہ میون وو نٕدِ ثرٕے ثرٕدِنہٕ کیٚنہِ اکھ پرٕ نام کرنہٕ خاطرِ لوین نمُن۔

میانی ساری بآتھ گرٕزھن یکوٹہٕ سُمتھ کونی وارِ منز شانتی ہندِس سُدرس کُن اَگی سےٚ نمسکارس منز وسنہٕ۔

ییٚتھ پاٹھۍ جاناوار چھِ گرٕ راونکہِ دادِ زوہ تہٕ راتھ ہیمآری پیآری وُچھتھ پنِنِس آلِس منز یِوان ، تیتھے پاٹھۍ گرٕزھ میانی سآرے زِندگی چانین پادَن تَل نمنہٕ خاطرِ پوشونِس گرٕس کُنۍ اَگی سےٚ نمسکارس منز نِکان روزِنی ۔

---

اَنڈ

# مطبوعہ تصانیف از پریمیؔ کاشمیریؔ :-

| | | | |
|---|---|---|---|
| ۱۔ کلام پریمیؔ | (کشمیری) | مول | 00.50 |
| ۲۔ پیام پریمیؔ | (" نظم) | " | 00.50 |
| ۳۔ رۄدِ جُری | (کأشُر ") | " | 00.75 |
| ۴۔ اوٚش تہٕ وۄش | (کأشُر ") | " | 00.75 |
| ۵۔ ترجمہ شریمد بھگوت گیتا (منظوم) | | " | Re 1/- |
| ۶۔ سوانحِ عمری روپہ بھوانی (اردو) | حصہ اول و دوم | | Re 1/- فی جلد |
| ۷۔ واکھ مرزٕ کاک | (کأشُر) | " | 00.50 |
| ۸۔ سوانح حیات مرزٕ کاک (اردو) | | " | 00.50 |
| ۹ تاج (تاج محل) | (آزاد نظم) | " | [illegible]5 |

میلنٕک پتہ :-

سروانند کول پریمیؔ کاشمیری ڈاکخانہ صوف کوکرناگ۔ اننت ناگ کشمیر

—۔—



The Author.

The author Shri Sarwanand Koul "Premi" was born in the village, Soaf, District Anantnag, in 1924, and received his early education in his village school He graduated from Kashmir University and subsequently got his B. Ed and M. A· and Honours in Hindi. He joined the service of. All India Spinner's Association, Khadi Bnandar where he was very much influenced by the teachings of Mahatma Gandhi. Being a poet endowed with a vast knowledge of Sanskrit and Hindi he translated Shri Geetaji in Kashmiri verse, Sloka-wise which has been highly appreciated in and outside the state He has also written Biographies of the great saint Poetess Shri "Rupa Bhawani" and Shri Mirza Kak (Saint Poet) and innumerable collections of Poems in Kashmiri, His latest publication is 'TAJ" which is a Kashmiri poem on Taj Mahal, the first of its kind in Kashmiri. At present he is serving the education department of Jammu and Kashmir State.

N. N. Raina